# دِیوٕ مے بالہٕ یارَس



حکیم منظوٗر

# دِیوٕمے پالہٕ یارس

○ مصنّف ــــ حکیم محمّد منظور

○ قلمی ناو ــــ حکیم منظور (سابق ڈپٹی کمشنر، ضلع ترقیاتی کمشنر)

○ شغل ــــ صحافت (ایڈیٹر، پرنٹر پبلشر، سہ لسانی خبر و نظر)

## ادبی خدمات:-

کاشرس منز شعر سومبرن مُنے چھ ورتن تے ... ۱۹۹۹ء

اُردو وَس منز:-

(۱) ناتمام: ۱۹۷۷ء (۲) لہولس چنار، ۱۹۸۲ء

(۳) برف رتوں کی آگ: ۱۹۹۰ء (۴) خوشبو کا نام نیا۔ ۱۹۹۱ء

(۵) پھول شفق آنگن کے۔ ۱۹۹۳ء (۶) شعر آسمان۔ ۱۹۹۱ء

(۷) صبح شفق تلاوت، ۱۹۹۸ء (۸) برف آفتاب ۲۰۰۲ء

(۹) سخن برف زاد ۲۰۰۳ء (سارے نے شعر سومبرنہٕ)

(۱۰) اقبال۔ ایک مطالعہ: (نثر)

بیٛیہ واریاہ تنقیدی مضامین یم مقتدر اردو رسالن منز چھپیمتی چھہ۔



○ تعداد ــــ پانژھ ہتھ

○ موٗل ــــ زٕ ہتھ ہتہٕ اکھ روپے (/۲۰۱ روپے)

○ سالِ اشاعت ــــ ۲۰۰۴ء

○ کتابت ــــ معراج ترکوی، شیشہ باغ الٰہی باغ بژھ پورہ

○ سر ورق:- ــــ سرینگر کمپیوٹرس مہاراجہ بازار سرینگر

○ مطبع: ــــ میکاف پرنٹنگ پریس، دلی۔

اہتمام:- شاہ پبلی کیشنز۔ محمد حمزہ، عمر کالونی (اے) نسیم باغ سرینگر
فون: ۲۴۱۰۶۵۷

# انتساب

بہٕ چھُس عقیدتہٕ تہٕ خلوٗصہٕ سان یَینٛہٕ

یہِ شعرٕ سوٚمبرن کشمیر یوٗنیورسٹی منٛز انگریزی زبانٕ

ہٕندِس جیدتہٕ عاٗلم پروفیسر ڈاکٹر غُلام رسول

ملک صاٛبَس یہِ گُذاٗرِش کٔرِتھ معنون کران زِ:

ع

بگیر ایں ہمہ سرمایۂ بہار از من

کہ گُل بہ دستِ تو از شاخ تازہ ترمانَد

---

یہ سوکھا پھول سرمایۂ بہار میرا

تو اسکو ہاتھ لگائے تو یہ ہرا ہو جائے

——— (ترجمۂ حکیم منظوٗر)

# عکس نُما

تعارُف ــــــــــ ۱۱

غزلہٕ

- پرٕنہٕ پاٹھٕن پٕرٕ تہٕ کٔمی پٕرٕ زندگی ــــــــــ ۱۵
- واوس چھُ روٗخ پھِرتھ بہٕ پریشان چھُس ہنا ــــــــــ ۱۷
- اَنٔس مہٕ یوٗت زیادٕ تہٕ کھوٗرٕ زٕو جنابٕ مَن ــــــــــ ۱۸
- ڈلَس زٕوبو نار کرٕ مےٚ چھاپٕہٕ مےٚ چھا خیر ــــــــــ ۱۹
- ئُش نہٕ مانان دٕزٕن، آبہٕ سٕرٕن نار وٗزان ــــــــــ ۲۱
- اِضطراب اوسُم : سبب بُس تی پیتہٕ اوسُم نہٕ کاہہٕ ــــــــــ ۲۲
- واو دُھٕڈکِس ارتعاشَس رٔاچھ وٗزٕ تو کتھ کرٕ وکیا ــــــــــ ۲۳
- تمُس چھُ سِرِ یہٕ اَکھٕس کیتھ۔ اَچھَن تہٕ نَم چھُ ہنا ــــــــــ ۲۵
- کُلی کٹٕ تہٕ پوش پھِر تراوتھ ــــــــــ ۲۷
- آدمی بستنٕ منز چھِ گلہے سرآسان ــــــــــ ۲۹
- مےٚ چھےٚ پتاہ مےٚ دِلَس قرار نَسا چھُم ــــــــــ ۳۱

- اَسی وُکرِی بانہٕ کمہٕ سہٕ ٹھانڈ تھوٚکھ مٕلو ____ ٣٢
- خوشبو یہِ ژھایہِ ہیوٚ یہِ پرِستار چھُس ہنا ____ ٣٤
- سوز ہوکھ اَسی لول کانژھا پےٚ پتاہ آسُن گوٚژھُکھ ____ ٣٥
- تاپُس ترٛشِر کمیٖک چھُ وُنتھ ماہیکوزِ ہینٛتے ____ ٣٧
- مےٚ ماتوٚگ پرٛتھ دوہ لایُس پان ترٛاوُن ____ ٣٩
- دیُن پیوٚ وشہر وگام باج نووُے ____ ٤٠
- اوٚبرس بنیوو گرٕ ہٕ گرُس پیٹھ چھُ زین ہیوٚ ____ ٤٢
- عظیم الشان مکانا ہٕ دارِ برٕ پھُٹرِتھ ____ ٤٤
- ہنا ٹھہرو ہٕ سوچو یتھ زمانس منز۔ اَسُن ماسا چھُ ممکن ____ ٤٦
- جشنِ بہار گو وُ بیا، رنگ گیوٚن پتاہ ہٕ چھا ____ ٤٨
- وُنتھ آسہِ وٕہی کران خیال اوسہٕ کانسہِ کیاہ ____ ٤٩
- زہوُن چھ ٹھانڈ ہٕ ژُھمہٕ چھپے تھچھ گریبانَن ____ ٥٠
- اگر یہِ پرژھنے مےٚ حال کیا چھُم جواب دی زٕبس بے حال گومُت ____ ٥١
- تاپس نسا حساب چھُ ژھاین شمار چھا ____ ٥٢
- عجیب نو یہ تمَن اوس یا مُتیمی اَسی ____ ٥٣
- کمُ اَسی قدمہٕ قدمہٕ یمَن ناگ وُزان اَسی ____ ٥٤
- زہراب غمُک چھےٚ ہٕ کوتاہ ____ ٥٥
- کیا کرِ زکہ شبنم ہٕ چھُ طوفان اَسی یوت ____ ٥٧
- تالین آمُت یپہ طوفان ____ ٥٩
- یپتاہ وُچھاں روٗدی زُو چھ وُچھ رٕنیہِ خواب ____ ٦٠

- آسی وکھری بانہٕ کمہٕ سہٕ ٹھانڈ تھوٚکھ ہو ———— ۳۲
- خوشبو یہ ژھاپہ ہیو پٔرستار چھس ہنا ———— ۳۴
- معوز ہو کھا آسی لول کانہٕ ژھاپے پتاہ آسن گوژھکھ ———— ۳۵
- تاپس تٔرژر کمینک چھ وٕنتھ ماہیکوز تھیٚ ———— ۳۷
- مے ماتوگ پٔرتھ دو لایس پان تراوٕن ———— ۳۹
- دین پیو وشہر وگام باج نووٕ نے ———— ۴۰
- اوٚرس بٔنیو وگرٕ تہٕ گرٕس بیٹھ چھ زین ہیو ———— ۴۲
- عظیم الشان مکانا تہٕ دارٕ بٔر پھٔرتھ ———— ۴۴
- ہنا ہٹھ وتہٕ سوچ یتھ زمانس منز آسن ماسا چھ ممکن ———— ۴۶
- جشنِ بہار گو وٕ بیا، رنگ گیوٚن پتاہ تہٕ چھا ———— ۴۸
- وٕتھ آسہٕ وٕہی کران خیال اوسہٕ کانسہٕ کیاہ ———— ۴۹
- زیوٚن چھ ٹھانڈ تہٕ ٹُجم تہٕ چھپے کھتھ گریبانَن ———— ۵۰
- اگر یہ پٔرژھنے مے حال کیا چھم جواب دی زبس بے حال گومُت ———— ۵۱
- تاپس نسا حساب چھ ژھاین شمار چھا ———— ۵۲
- عجیب نو یہ تمن اوس یا یتیمی آسی ———— ۵۳
- کم آسی قدم یہ قدم یمن ناگ وٕزان آسی ———— ۵۴
- زہراب غمک چھے تہٕ کوتاہ ———— ۵۵
- کیا کرِ زرکہٕ شبنم تہٕ چھ طوفان آسی یوت ———— ۵۷
- تابن آمت یتہٕ طوفان ———— ۵۹
- پتیاہ وٕچھان روٚدی زوٕچھ وٕچھ رٔنیہٕ خواب ———— ۶۰

- سمندراتہٕ نہ معلوٗم کوٗت سرٕوٚن آسان ——— ۶۲
- یَنٕہ کاہنہ پانسے یۄد چھاوِ مطلب ——— ۶۴
- اَتھوَ کھورَو چھُ یہ پرٕونے مگر مےٚ زَن باسان ——— ۶۵
- سُہ موجوٗدک وجوٗدس ژارِ مطلب ——— ۶۷
- روٗیی پرتَم وارٕ ہتہٕ پرٕژھتمَ متہٕ احوال ——— ۶۸
- باسان سیۄد چھُ تسَ تہٕ چھُ اَندری لیسان ژھل ——— ۷۰
- اَسہِ یُس پرٕ سچھ کانسہِ تَتھ ناوس پھٕھے کیاہ پہچان ہے ——— ۷۱
- گرٕھنہِ زاہنہ تایُس تہٕ شیٚتس دوٚستی ——— ۷۲
- تایُس دیُن ناد اوسکھ ہاوس ——— ۷۳
- چاَنی ہمیتھ اَنہٕ زانیانُس پھُرُن ——— ۷۵
- مےٚ نِش ترٕنَن لفظَن ہارِ مطلب ——— ۷۶
- ثنائیتھ کرُن زِشب تہٕ دوہے گوو یہ گووتگُن ——— ۷۷
- کیاہ مُلکہ تہٕ اَمُت سُہ الگ: میون شہر بیاکھ ——— ۷۸
- ساَری کُلی یتھ لبستی حال احوال عجب ——— ۸۰
- اکھ پاَز ہورِیور ژران اوس مور زن ——— ۸۱
- شُکرُے شُکر چھُ پان بچاوِتھ آس تہٕ یِیے ——— ۸۲
- چھُ اکھ: تقسیم گرٕژھتھ ہیکہِ نہٕ انسان ——— ۸۳
- زخمن تہٕ کرٕان اَسی شُمارے نہ انسان اَسی ——— ۸۴
- ژٕ معنہِ دِلفظَن مےٚ یہ منظور وٚتیشوم ——— ۸۵
- کَنٕج گیہِ ژٕ بوکس ڈج زِیہ واوَن، کیٚتھٕ اَز بدلیمہٕ پھرٕنَن ——— ۸۶
- یَنٕہ یۄد دوے پیٚتہٕ اوٚنُن پرٕژھان اوس ——— ۸۷
- یمن باغن چھِ اَسی بھیران تم ساَری خیاَلی ما ——— ۸۹

- تازٕ قصہٕ : بیاکھ داستان لیکھنہٕ آے ____ ۹۰
- اَنہٕ وُچھتھ فکرِ تورٕ مۅ۪، زَن مۅ۪ گوٗمُت بیاکھ ____ ۹۱
- مَس پریشاں خوشبوٕیَن کیا وولاہٕ آمُت ____ ۹۳
- ہانزٕ ہٕ یوٗد کَتھ چھےٚ ژےٚ کانہہ، یَتھ کیاہ وَنےٚ ____ ۹۵
- اَتھ خوٕنہٕ ستِ سگ مۅ۪ دِژالیوم چھو وکُمی؟ ____ ۹۶
- آنگنُا : پوٗش؛ مکانس تہِ کھٕستھ بام چھُیا؟ ____ ۹۷
- دوٚچھُن بَنان کھوٗر دیدماہٕ : کیہہ تہ چھِ وَنان ____ ۹۸
- باسہےیُس : یہِ چھُم پنُن، تمُ مۅ۪ سُہ خواب دُیت ہٕ زانہہ ____ ۱۰۰
- جَلوِ بچیشم آسہِ مَا، وونہٕ بہار آسہِ ما ____ ۱۰۲
- یُس فسادا سُہ صرف واوَن ہُند ____ ۱۰۴
- اَس ژوٕیارٕ خامشی، تَتھ مۅ۪ اگر صدا ووٚنم! ____ ۱۰۶
- ہزار رنگ اُسی، کانہہ اکھاہ پوٚرُم ہٕ کیہنہ ____ ۱۰۸
- کھَساں اَفتابہٕ! پانَس ستِ کَم سنگر چھُ مُژ راوان ____ ۱۰۹
- خود ساختہٕ، خود راہ جنابوٕ بہ گوٚرُس گیر ____ ۱۱۰
- عبرت! وُچھتو یرٕتھ موٗرُس بیٹھ لوکن گاٹمتی ڈھیر ____ ۱۱۱
- کیُتھ ہیوٗ سفر چھُ : اَتھ چھِ نشیب و فراز کیتِ ____ ۱۱۳
- مۅ۪ خبر ہٕ کیہنہ مۅ۪ پرٕ ژھوٗتُس، چھُ غلط تہِ کیا چھُ زبر تہِ کیا؟ ____ ۱۱۴
- تَس چیشمہٕ اَنہٕ ہِش چھِیہ خبر رَنگ روزٕ نا ____ ۱۱۶
- یوٚزیی چھُ مۅ۪ یوٚز ووٚن تہ مۅ۪ خمیازٕ نُلم نا ____ ۱۱۸
- سٕنہس کران شِشتر گانٹہٕ کَتھ نہ کرتہٕ دِوان ____ ۱۱۹
- ہرتھ پہےٚ بہ مۅ۪ یُتھ کروٗٹھ اضطراب مہ تھاو ____ ۱۲۰
- پھرٕ ستس پَنٕنہٕ اکھ شان لگے ____ ۱۲۱

○ رنگ رحم نہ یوٚد کرن، تیر نتیجہٕ اُچھ متن ______ ۱۲۲
○ اُز نہٕ کتھ سوے، دُشمنُت سُے، سوے رذالت، سُے دغا ______ ۱۲۳
○ پہکہٕ یہٕ باسیوو اوس زنتہٕ اکےٚ واپھ ______ ۱۲۴
○ ترویِنی ______ ۱۲۵
○ قطعات ______ ۱۲۹

# تعارُف

"دِیوِمے بالہٕ یارس" چھِے میانۍ دوٚیم کاشُر شعر سوٚمبرن۔ اَتھ منٛز چھ اظہارٕکۍ، خیالکۍ تہٕ فنکۍ بالکل ساد رِوارٕ تہٕ توٚی تجربہٕ یم قابلِ توجہ چھ۔ یم کاشُر غزلیہ شاعری ہُندٕ اِج دان چھ۔ مےٚ چھےٚ اُمید تم کرٕن اَتھ توٚرس پسند۔

کاشُر زبانۍ کلہم پاٹھۍ کیاہ حال چھُ سُہ باوٕنہٕ خاطرٕ گرٕ ژھ وٲنۍ آسہٕ۔ ژوٕ یو، یوٕ تہٕ یوٕ تہٕ چھو یھسرالیو، تہٕ "رسم سازی" پوٚت نوقصان کاشُر زبانۍ ہنٛز۔ یا پرٕ جایی واتنو مُت چھُ، یمٕ مثال کیاہ دِیچھ کرٕ بیِنۍ۔ یہٕ چھےٚ سارِنے پتاہ تہٕ کیازِ تقریباً ساری چھ ژوٕ ین منٛز شریک۔ یِیتہِ دڑایو و یَنہٕ تہٕ تنٛہٕ کوشُر ہفتہٕ وار اکھ اخبار، اَد ترے کنہٕ ژور شمارٕ دراس تہٕ تمیک دفتر گو وند۔ وجہ اوس کاشرٕن قلمکارن تہٕ کاشُر زبانۍ ہنٛز کھینہٕ والین ہنٛز مُجرمانہ خاموشی تہٕ لاتعلقی۔ "اخبار خیر و نظرس" منٛز چھُ کاشُر زبانۍ خاطرٕ اکھ پوٗرٕ صفحہٕ مشخص یُس یمن سا سہ بدٕن پرن والین ہندٕ خاطرٕ کُنہٕ کامہٕ ہُند چھُنہٕ یم کشیر نبر اَتھ اخبارس پران چھ۔ مگر یہٕ صفحہٕ پوٗرٕ کرٕنہٕ باپتھ چھ امہٕ اخبارٕکس ادارس شوشُ آسس منٛز یوان۔ کانٛہہ زیوٚٹھ شاعر ادیب چھُنہٕ اَتھ گُزارشو باوجوٗد قلمی طورٕ اَتھ روٚٹ کران۔ ووٚن گوو یِیتہِ تس یمن قلمکارن کیہنہ روپیہٕ یِن تنٛتن چھ یم لارٕ گرٕ ژھان تہٕ پننس قلمس کینٛہہ کیہنہ۔ محض کیہنہ — روپیہٕ چندس ترٛاوان۔ یانہٕ سوٚچتو یتھ زبانۍ پننی عاشق دوٚ ینس تگی مٕتۍ آسن، سو کیاہ پھا پھلِ تہٕ فروغ لبہِ۔ یتھین حالاتن منٛز میانۍ یہ شعر سوٚمبرن چھاپنہٕ چھےٚ محض میانۍ بیٚتقلازی تہٕ کیازِ مےٚ چھےٚ پتاہ زِ یتھ تہٕ گرٕ ژھن ژوٕ یہٕ یھسرایہٕ تہٕ "رسم ساز" کرٕن تی یہٕ میانہٕ گوڈنچ شعر سوٚمبرنہٕ "مےٚ چھ ورتن تے" "ستی کوٗرٕ کھ۔ "مےٚ چھُ ورتن تے" .... یتھ پیٹھ یہٕ کینژھاہ کٲشر ہستہ بو

صفِ اوٗل کیو شاعر و تہٕ نقادو، مثالے پروفیسر رحمان راہی صاب، امین کامل صاب، غلام نبی گوہر صاب، پروفیسر شفیع شوق صاب، پروفیسر مجروح رشید صاب، رفیق راز صابن لیوٗکھ تمہٕ موجوب گرٛتھ "مے چھُ ورتن تے" شعرِ سوٗمبرنہٕ سوٗ پذیرا‏ئی حاصل گژھیٚو یُس تھپکنی لایق آسہے۔ عجب تہٕ غضب چھُ یہ کہ یموے منٛز کرٛ کینٛہو صاحبو اَمِچ مخالفت تتھ ادارس منٛز یُس وسے راے یہ نوٗن تیل باگرنس منٛز بدنام چھُ۔ بہر حال ازنہٕ سہی، پگہہ تہٕ یی کانٛہہ سُہ یُس تمن حق ناشناسن یَدکڈی یمو وارہین خلاف پَنُن پھٹوٗلی قایم تھوٗ تہٕ خاطر ہمیشہ ژرٛو یہ کرہ۔

مے چھُ گوڈنچہ لٹہِ کاشرس منٛز "ترویٖنی" ورتاونُک تجربہٕ کوٗرمُت تہٕ "ترویٖنی" چھے یتھ مجموٗعس منٛز شامل۔ مے چھُنے وٕمید یہ صنفِ سُخن لبہِ کاشرس منٛز عروج تہٕ کیازِ اَتھ منٛز چھُ اختصارس سان کتھ وننُک اِمکان وسیع۔

حکیم منظوٗر

گزربل (گاندربل)

٨ راگست ٢٠٠٤



پَرنہٕ پاٹھن پٔرتہٕ کٔمہِ پٔر زندگی
سارِوے سٔر تو نتہٕ کٔمہِ سٔر زندگی

سِرٛیہٕ اَز تامَتھ چھُ یَتھ گنٛڈِتھ ہُدَے
کیا وَنَے سوٚے شبنٔمی لٔر زندگی

جبسِ دم یِمہٕ کوٚر تمٕی اسرار وُچھ
جبسِ غم یِمہٕ سوٚر تمٕی کٔر زندگی

اَتھ چھُ کُس تامَتھ کَتھ تامَتھ گران
رایہِ خود کَس تَج تہٕ کٔمہِ کٔر زندگی

ماے محبت یِمہٕ اُمِس بوٚز، کیا وَتو
اَکھ وُنیب کوٚرنَس نہٕ تسٕی پھٔر زندگی

ساسہٕ بُدی اُنہارِ تَے اَتوار چھس
نار: آتِس نار: تَتھ ۂر زندگی

پوش ہِش اُوِج تہٕ زاُوِج : سوٗچتوٚ
زنتہٕ کوہستان اُر ڈُر زند گی

ہَرتہٕ ہِش یِے اُس یَتھ شہرس اندر
کمُ کوٗرُس ژھل قاُد کمُ کرٕ زندگی

کتھ وَتے منظورٕ کَتھ ہِش تھاوکَن
زندٕ گووسُے تارٕیَس ترٕ زندگی



واوس چھُ روح پھرتھ بہ پریشان چھس ہنا
سارنی چھُ اطمنان، بہ نادان چھس ہنا
پریتھ خوش نظر ونان چھُ، بادام وارِ نچ
موسم ونان کیاہ چھُ: تہ سمجھان چھس ہنا
مشکل بنتھ وُٹھتھ بہ اَتھس منز چھس تہ کینہہ
شاید قصور چھم زِ بہ آسان چھس ہنا
دیوار زن پکان، کنبن زن وزان ساز
یوّد معجزے چھُ توتہِ پریشان چھس ہنا
کھوّت نار وسِ گرُس تہ یہ ممکن چھُ آسہِ پوز
سأری قسم کران بہ حائران چھس ہنا
یوّد یتھی ونان شہرتہ ووّنمس مے ناروا
معأنی گرتہھم مےٚ دِنی زِ بہ اَتزان چھس ہنا
مقصد اُمس تہ سیر وُنی راے ہینی تہ بس
اُتس چھُ اعتراف، بہ مازان چھس ہنا
وُبہتھ میأنی ملاے، کتھ چھے الف میأنی سیوّد تہ صاف
محبت وظیفہ چھم مےٚ، مسلمان چھس ہنا
منظوٗر زندگی چھم ہزار و ہزار رنگ
زونم یتے تہ باقیس اتزان چھس ہنا





أنس مہ یوٗت زیادٕ تہٕ کھوٗژو جنابِ من
کیا دِل وٗنان صرف تہٕ بوٗزو جنابِ من
یتھ کُنہٕ گرٕ ھو مزاجہٕ بخیلین ذرا خراب
کیا کوٗرو کیا ووٗنوٗ تہٕ مہ سوٗچو جنابِ من
صحراو کوٗرہٕ پانہٕ تہٕ یتھ دُنیہس تمام
کیا پامہٕ زوٗنہٕ ماجہٕ ڈٕل سوٗزو جنابِ من
پارے چھےٚ ازٕ شُمالی ہواوو تہٕ روخ بدٕل
جلدی کرِو مہ اکھ ہنا ٹھہرِو جنابِ من
دریاوٗنان! کیازِ یموٗ تریشہٕ پوٗوہس
اتھ منز رمز کیا چھُ تہٕ باوِو جنابِ من
اُفتابہٕ چھا اسان شفق چھا دزان زانہہ
کتھ برملا ۆنوِ تہٕ مہ کھوٗژو جنابِ من
گاہے ہیکتھ بنان زِ منزل بنان وتھ
امکان خواب گووٗ تہٕ! یہ مانو جنابِ من
منظوٗر یوٚد وٗنان زِ زخمن کرِو شُمار
ۆنی توس تہٕ تہٕ صرف، زِ "لیکھو جنابِ من"





ڈلس زُبویو، نار کرٕ، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر
اَمیک کمِس تہٕ کیاہ اَثر، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر

ہمیشہِ چھُم پرٕژھان اگرٕ چھُے آرزو ژےٚ کانہہ سُہ وَن
مےٚ پانہٕ سے چھُ کیا مژر، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر

اَکھ اژدھام ہر طرف، یتِمِس تمِس چھُےٚ بہرکھ مگر
کمِس چھُ کور کُن سفر، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر

سمَندرس تہٕ زوٕ نہِ چھا، پرژھان اوس رشتہٕ کانہہ
یہِ بے حسی: یہِ چھا سبزر، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر

ژھوکیشہِ واعظس تہِ زبو قلم: تہٕ تمِ گمٕتی قلم
سیدبن تہِ کیازِ ازمتر، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر

عجیب سوچ منز اُچھن، عجیب دود ہیو دِلن
بے سوکھ چھےٚ کیاہ نظر نظر، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر

وَنان آسی راتھ یس، یوٗ ہے چھُ سون یار بس
تمِس ہتہ کیاز اَز یور، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر

وَنیوو تمۍ زِ خوشبوٚین، چھےٚ ذات الگ بدن الگ
سوال: کیاہ یہ چھا پزر، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر

چھُ کیاز آفتاب اَز، ژھٹان تیر ییتھ وَنَن
چھُ کیاز تیر اَز تزر، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر

عجب یہ رمز: سوچہ کیاہ، یہ چھُس غوطن تہ ہیولا
سہ اکھ: نِشانہ چھُس صفر، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر

تمُس چھُ دل تہ آہہ ہیوٚ، تمِس چھےٚ زوٚتہ پوش زن
یہ فی زمانہ چھا زبر، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر

چھُ کاشہ راد زوٚنہ تمَ، سمندرن تہ ژآرنۍ
کمِس کمِس اَچھ خبر، مےٚ چھا پتاہ مےٚ چھا خبر





ٲنٛش نہٕ مانان دٕزٕن آبہٕ سٕرن نار وٕزان
پیپر کاتہہ پھوکھ منٛے دِتم چھُس بہٕ وتلی خوابٕ وُچھان
ازٕ تہٕ کوچھہ زٕنتہٕ چھُ ڈل یال زٕبرٕون بانس
ازٕ تہٕ اسرار: ونٕن: کٕس چھُ کمٕس موج تلٕان
ژھایہ انکار کرٕن پان چھُ لاگٕن داوس
گاشہٕ پتھ اکھ چھٕنے اٚچھن منٛز منٛے مٕز روۄتلاوان
ڈٔے گرٕژھان ازٕ تہٕ نہ دریاو اٚمس دین پٔتُن
ژھرانہٕ ڈلیس وۄتھ چھُ تمٕس آبہٕ ملکھ ملرٕ ہیٚران
کوٚڈٕن اکی ضربہٕ کنٕن نار تہٕ ووٚنم ووٚنی وٕن
اٚنہٕ چھا کٔلی تہٕ کنٕن ماتہٕ چھُ زٕوجان آسان
صرف فرہاد تہٕ مجنوٗن کرٕتھ گٔے ناوا
ورنہٕ کرِ بولہٕ سبق یاد کرٕن اوس آسان
زندگی چھکرٕ گُمرٕ وھرنہٕ آمٕز ٹاکِن
پرٕ بتھ اٚکس اوٚنش چھُ اٚچھن منٛز تہٕ کانٛہہ اکھ نہٕ وۄدان
پوٚز چھُ یُتے زِ کٕن ولہٕ دُنٕل چھکھ آمٕز
ورنہٕ منظوٗر بہار ازٕ تہٕ یِون پوشہٕ پھولان





اِضطراب اوسُم! سبب؟ تیوٗتے پتاہ اوسُم نہٕ کینہہ
ناگ یوٚد اٲسم وُزیمتۍ، تتھ خطا اوسُم نہٕ کینہہ
ووٚنی چھُ پوٚز! کروٚون مےٚ سرٕ دیُن جان نوٗم اوٗن نہٕ زاہ
ووٚنی چھُ پوٚز! دٕپیٚش زانہہ تیُتھ مرحلا اوسُم نہٕ کینہہ
اکھ طمع اوسُم زِ یتھ شہرس ہٕ ہی ووٚ پداوہا
اوس گاٹُک سودٕہا ذاتس نفا اوسُم نہٕ کینہہ
اَنہٕ گوٚرتھ زانہہ پوٚزوُنُ، زانہہ اصل صوٗرت گرتھ نٕنی
دوستی کرٕہا اٲمس ستین، طما اوسُم نہٕ کینہہ
یَتھ مقامس پیٹھ نظر نظارہ یا منظر بنان
تتھ مقامس واتہا: پوٚز سلسلا اوسم نہٕ کینہہ
ووٚنی مےٚ ودنٕچ کتھ غمس پیٹھ روزِ گنجایش، وجہ
زانہہ مُشتھ گومُت مےٚ حالِ کربلا اوسُم نہٕ کینہہ
چھُم مےٚ ستھ ووٚندس تہٕ نظرن آش: آ: باین ہمہ
مہرباں ہیوٗ مہربانا دِلبرا اوسُم نہٕ کینہہ
اکھ ستم راتک ژھو پیٚر واوُک ترٛزر تتھ پیٹھ کُنزر
ستی پانس ستی خودٕ بنٕنےٚ صدا اوسُم نہٕ کینہہ
اکھ خدُا اوسُم تہٕ چھُم منظوٗر بس سُے چھُم کفیل
توٚتہٕ زن کیا گوو ــــ موافق ناخدُا اوسُم نہٕ کینہہ





واو وُچھ کِس اِرتعاشس رٲچھ، وُنی تۆ کتھ کرو کیاہ
کاغذن بِھسرلے لفظن ستۍ بُچھرٕ، اَسۍ لیکھو کیاہ

لام اَلف لیلیٰ چھُ مایۆ کھمُت بجوٚ، تحقیق کُری توٚ
وِہی چھُ بدلاوان اِظہار اَز وُچھتے اَسۍ وُچھو کیاہ

قرٕنہٕ بدلیومُت چھُ تاہم رسم پرٲنی اَز تہٕ بر سر
اَشرفی چیندس نہٕ کانسی توتہٕ دربارس کھسو کیاہ

چھُس لیکھتھ کیاہ؟ کم پرن؟ اَنس چھے پانس بیقراری
ساٲنی مجبوٗری کہ قدٲنس چھُ تھوٚد اَسۍ اَتھ یلوٚ کیاہ

ساٲنی آہنگنہٕ جوگی چھو کھ اکھ درایہ، کیاہ تامتھ پران اَس
اَسۍ فقط سوچان اَز تامتھ، وَنو کَس ہَس پرٕزنو کیاہ

پربھ زہس سہہ ستر ہش چھُ وُن اَتھن لیوٚد وات رٹھون
اَسۍ چھ اَفلاطوٗن وقتکی، اَتھ دوٚلابن اَسۍ ستو کیاہ

نارِ خندق تھاوِ کھنٛ کھنٛ ترأوِ قدمن بریڈ پاے ا

واو ازٕ ہلکارٕ گومُت، پوٚت ژٕلو کیاہ برہٕ تہٕ پکو کیاہ

تھٲوِ کتابن ڈھیر کرٕ کرٕ، علم اَسی نارٕ بو تیٚٹو چوٚ

سادٕ ورقا اکھا اتھس کیتھ اتھ لیکھو کیاہ اتھ پرٕو کیاہ

شعر لیکھُن خوٗنِ جگرس گرٕ بجھ ہگتیٚ منظورٕ صامٕ با

پریتھ اَکِس قلماہ چھ جیندس منز اَسی اتھ زٕن کرٕو کیاہ





تمِس چھُ سِر یہِ اَتھس کیتھ اچھن تہٕ نَم چھُ ہنا
خُدایہٕ خار! بێین پھروز! بَس یہٕ غم چھُ ہنا

تمِس گمانہٕ چھُ اسمان اکھ کتھاہ تَس نِش
مےٚ چھُم یقین سُہ بێنِس قدَس تہٕ کم چھُ ہنا

بہٕ خوٚنہٕ ستۍ جرِتھ لفظ، نامہٕ لیکھہٕ پوٚز
تمِس غزالی مزازس دپان رَم چھُ ہنا

صدا دِوان تہٕ تارکھ گِوان نازٕ غزل
مےٚ یرٛتھ تہٕ پرٛتھ چھُ زِنوٚتس تہٕ زیر و بم چھُ ہنا

مےٚ تمی پرٛزٕتھم تہٕ مےٚ صافٕے دوٚنُس وَنے کتھ کٔنۍ
تمام لول تہٕ لوٚلس زٕلِتھ ستم چھُ ہنا

چھُ آفتابہٕ زرد نار ہیوٗ ہَوا چھُ دَزان
یہِ وُچھتھٕ صٔبر! وٕنی چھُس بہٕ صرف: دم چھُ ہَتا

تَبرٕ بیٚمرِس چھےٚ اَتھَس کیٚتھ پرٕ زٕھان سےٚ چھُ وَدان
غضب چھُ۔ سَرو قَدن تام کیازِ خم چھُ ہَتا

دِوان باسِ پتہٕ ہرگز یہِ کَتھ الگ چھےٚ، مگر
خبر چھےٚ تَس زِ چھیوٚنےٚ تَس پَنُنٕ ہَلم چھُ ہَتا

گوٚنوَ یرِتھ چھُ سُہ منظوٗرَ ناوِیس منظوٗر
بَس اکھ مریضہٕ زِ بےٚ باک تَس قلم چھُ ہَتا





کُمُ کُٹ تہٕ پوشہ پتھر پاوِتھ
اَفتابہٕ تاپھ زُورِ ہتاوِتھ

ژھانڈنہٕ چھہِ دوست کیاہ مزوری
دُشمن اگر چھہِ آزماوِتھ.

تَس ستیٕ زان ہتاونہٕ کیاہ
یُس ناگ تریش ہیوٗکنہٕ چاوِتھ

اُسن تہٕ گوٗژھ سہٕ دلبرا کانہہ
کُس زانہٕ حال یوزناوِتھ

شمعس چھےٚ رہہ تہٕ رہہ چھےٚ اوِج
واوس پنٕنہٕ ہوزرَ چھےٚ ہاوِتھ

تَس کیاہ چھُ پوشہ ڈوٗری دزیٚتھ
تُمہِ تھوومُت چھُ کُھڈ سجاوِتھ

تمہٕ کیازِ آبہٕ ژادرَن پیٹھ؟
تصویرٕ کیٛہنہٕ تھوٗن بنٲوِتھ

جرٕ مَس اَچھوٕ مےٚ دامنَس پیٹھ
کیٛہنہٕ موختہٕ دانہٕ گنٛزرٲوِتھ

تھٲوِم مےٚ وَندٕ کالہٕ بایَتھ
منظوٗرٕ کیٛہنہٕ دُعا بچاوِتھ





آدمی بستن منز چھُ گاہے سِر آسان
اَکھ اوٚنش قطرٕ سُہ تزاو تہٕ شہرس بیہ طوٗفان

تاپس پتہٕ پتہٕ لارُن، تاپس گوٚندی کرنی
مُعجزٕ سیدُن کتھ چھےٚ الگ نتہٕ چھنہٕ آسان

سیر کنِتھ شمشیرٕ ن دارنی تن کیاہ گوو
با چھےٚ یہ نادانی یا شاید عقلٕ طُفان

اَز تامتھ یی سیدان آمُت اَز تہٕ سیُد
واوَن روہ خ بدبوو تہٕ پوشو کُن ایمان

گوٚس غوطن، حیران سیُدس نیلہ پرزہنم تمی
تسے چھکھ یُس چھُ یقین زکنہٕ چھُنہٕ زوٗ آسان

جنگل آتشدان، تہٕ وُہہ ونی خاموشی
اَکھ سُہ تہٕ بیٚیہ بیہ، بیٚیہ گوٚرتھ آسُن روٗد پہوان

تَس اوس کیاہ تامَتھ ورگومُت کربوُن
زانہٕ خُداکہٕ آہہٕ وُچھتھ اوس اٲوشٕس ہاران

ناوٕ ہتہٕ تارِچ، ہانزِ تہٕ واوِچ زٕھوِ پہٕ بس زٕھل
گَتھ بَس پیٚیِٹھے۔ تارَن وول چھُ تار دِوان

منظوٗرَن، منظوٗرَس وٕنی کیاہ تامَتھ کَتھ
سُے اَکھ رٕہِز چھُ از تامَت یٖتھ بھیٚرٕ چھُ دِوان





مےٚ چھےٚ پتاہ: مےٚ دِلس قرار نسا چھُم
مطلب اَمیُک: مہربان یار نا چھُم
چھُم تہٕ یوہے اعتبار، ڈنجہ تھوٚوتھ دل
بَدلہٕ تمِس رائے، اعتبار نا چھُم
ساسہٕ بدی لفظ چھِم تہٕ نامہٕ بہٕ لیکھے
کیاہ بہٕ لیکھے اَکھ تہٕ رازدارن چھُم
پیٚتی گبر تو تہٕ اطمینان دِلس "لا"
اَکھ تہٕ یموٚمنز شہسوارن چھُم
چھُم مےٚ خبر از تہٕ روزِ بھاو وُستہِ اتھ
زوٚنتھ مےٚ کانہہ اَز تہٕ داغدارن سا چھُم
کیازِ پزان اوس پوشہِ صرف وونی یِی
یارنہٕ تہٕ یارس بیٚتھ اختیارن چھُم
غم چھُ یتےٚ گُرتھی نہٕ سپر ساٚنی پتھ پیٚتی
بدلہٕ یہٕ موسم یہٕ انتظارن چھُم
ناگ یموٚ کُن تہٕ تریشہٕ ہتھی چھ کرن کیا
زانہٕ خُدا کیازِ مےٚ قرارن چھُم
دود مےٚ کیاہ چھُم حکیم صاٰبہٕ ونےٚ کیاہ
چھُم مےٚ بہتھ کانہہ تہٕ رازدار نسا چھُم





اَسی وُکرِ باڈ کمُ سہ ٹھانڈ تھوکھ ہلی
کیا سہ وَنو اَسی، اَسے چھِ طوطہٕ گمتی گلی

اوس سُہ منظر عجیب مترٕ بہارس
پوشہٕ کُلین ژاو ڈوکھ، تہٕ جانہٕ وِپے ژلی

اَسی یمے بُوالہوس نہٕ ژوٕنہٕ کوٗرکھ بیع
اَسی یمے شاپہٕ تُرِ تہٕ خواب ہیتکی ملی

نُندہٕ رٔتشن کیا وِنیوو، یاد چھُوا کینہہ
یڈ مئے دِیو باج تہٕ تُہٕ ژٔرِ مہ کرُو کھلی

آو کمن یُتھ مَتر زِ رہنہٕ تھوتھ یان
پام تھوکھ پرٲنی، بیاکھ ذات ہٲرکھ ملی

واے یہ حالتھ یہنز، دِل چھِ گمتی خون
واے چھِ شہزادہ ہوی مگر چھِ مُلے گلی

کیاز لیکھو تاز داستان، کُبن کیا
کیاز وَنو پوٚنیرَن زِ خوٚن دُیٚثُت کھ بٔلی

وقت عجب ذاتھ، پھیُر دِوان چھُ پانَس
پانہٕ موٗغل آسی بَنیہ، "پوٗعہٕ موٗغل گٔلی"

کیا ہٕ بہٕ منظوٗر حالِ دِل ژےٚ وَنے کیا
توٗ ہٕ اَتھی آیہٕ زانہہ تہٕ پرٛانہٕ وَتی ڈٔلی





خوشبویہ ژھایہ ہُند پرستار چھُس ہنا
آ۔ پانہٕ سے بہ پانہٕ تہٕ آزار چھُس ہنا

یم لُکھ وَنان اوٚر چھُ بے دست و پانہٕ اوٚن
گمراہ چھُس نہ یہُند طرفدار چھُس ہنا

تسی یوت دل چھُ اٰنہٕ، اُچھن منز تسی چھُ آب
اَکھ کٔرۍ زِ کیا مزاجہٕ اگر نار چھُس ہنا

مے اوس ناتگان وُچھن اٰنہٕ ٹھیک پاٹھۍ
کیاہ پوٚز چھُنا بہ زاویہ بیزار چھُس ہنا؟

وُچھہا بہ کتِ لوٚکھ وُٹھن پھر وَمن نہٕ زبو
وَنہا بہ راز! پانہٕ گونہگار چھُس ہنا

تس کیا بہ فکرِ تارِ زِ رنگن چھِ قسم کتِ
نظرے نہٕ ژھاے: ذہن تہٕ بیمار چھُس ہنا

اکھ حصہ آسہے سُہ ہجوُم: ونوس کیا
یوٚد یتہٕ آسنک تہٕ اہنکار چھُس ہنا

یوٚد وے چھِ کوہ تہٕ بال تہٕ واوس لوان ٹھٔرۍ
یٔر کتھ چھِنے فی زمیون تہٕ آزار چھُس ہنا

منظوٗر زانہٕ کس بہٕ وُنہٕ حالِ دلِ پننُ
پانس کران پانہٕ تہٕ بہ انکار چھُس ہنا





سوزٕہوکھ اُسی لول : کانٛہ شاہ پےٚ پتاہ آسُن گوٚژھکھ
دُشمنٕے ہےٚ آسہٕن پوٚز تھٔر تُھا آسُن گوٚژھکھ

میانہِ شہرٕکی کُلی چھِ لوٚنڈٕر : سایہ چھُکھ نےٚ چھُکھ ثمر
آسہِ میکھ تےٚ کیہنہ تہٕ : کُم کاسےٚ ہوا آسُن گوٚژھکھ

آ : یمو چیشمو بہارس وُچھ پریشاں دِل گوٚمُت
اُسی یمٔن دِمہٕ ہوٚسرا : پوٚز کانہہٕ خطا آسُن گوٚژھکھ

فِکرٕ ترٕ ہےٚ کاغذس قلمس : یمٔن منصب چھُ کیاہ
معنہِ آسُن گوٚو زٔبر ، لفظٔن صدا آسُن گوٚژھکھ

باج خوشبوین تہٕ رنگن ہُند ، سانِن موسمن
یِس ووٚتُم تمی خندٕ کوٚر : ووٚن : کیا نہٕ کیا آسُن گوٚژھکھ

پوش پُرژنِتھ آسہٕن : یم گرٛژھی کرٕنی پوٚزا ، تمٔن
بوٚمبرٕن ایرٕتھ ہِش نٔترٕ پیٚتھ ہیوٚ وفا آسُن گوٚژھکھ

یِم چھ دِتی مٕتی پننٕوے: یِم زخم بأوتھ کَس ہکو
یہ بَرد گوٚرتھ روٗزن ئِمَن، کینژھاہ دَوا آسُن گوٚژھکھ

پوٚز یِمو وٚدٕمُت چھُ بَر بازار، یِمتے میأنی کِنہٕ
یہ یَرِہَن یُتھ سارِنے تیُتھ ہیوٚسر آ آسُن گوٚژھکھ

یِم وُچھِل: چُرِ گُیش تُلَن منظوٗر تِمنے بُلبُلَن
سوٗن تے کیہتہ آسہٕکھ خأطرٕ دُعا آسُن گوٚژھکھ





تاپس ترٛز کمیک چھُ، وُنِھ ماہِکو زٕہنے
سَتہو تہٕ پوٚز سٕنِتھ تہٕ سٕترِتھ ماہِکو زٕہنے

یِمی تاج ژوٚرِ نیوٚ یہِ تمی نیٚلے کوٚر تہٕ لیوٚکھ
کمی تاج ژوٚرِ نیوٚ یہِ ییٚکِھتھ ماہِکو زٕہنے

کُس نام نقش ازتہٕ چھُ نقشس وُتش دِوان
سۄ چھِتھ ہیٚکو سُہ نقش کھُنِتھ ماہِکو زٕہنے

گُرِ نیکھ آبہٕ نٹڈ چھِ کلَن بیٚھ تہٕ کیاہ کرو
میٚرِ وبن دوٚسن کھسو تہٕ ٹکِھ ماہِکو زٕہنے

لاگنہٕ یار زٕے تہٕ نہٕ مازُن یمَن گُلَن
خوٚشبوٗ یہِ ترِتھ چھےٚ لاگ بُجِتھ ماہِکو زٕہنے

اَکھ شیشہٕ شُنی بِہا چھُ شوٚنگِتھ آفتاب زَن
اَتھ معنہٕ ووت کیاہ یہِ وُنِھ ماہِکو زٕہنے

نوٗزُک چھِ تِتھٕ سخت کھٕستاں اکھ کتھاہ
اٰنَن! یہِ راز کیاہ چھُ؟ پرٛژھِتھ ماہیکوٗزٕ نہیے

چھَس چیشمٕ آفتابی، بدَن زوٗنٕ گاشِس ہیوٗ
اکھ اضطراب روزِ دُرِتھ ماہیکوٗزٕ نہیے

منظوٗر یوٗزٕ تہٕ حق چھُ وۄپرازتہٕ ٹاٹھیٚس
تَس مارِ پرٛژد کانہہ یہِ شُہتھ ماہیکوٗزٕ نہیے





مےٚ ماتوٚگ پرٕتھ دوٚلایَس پان تراوُن
مےٚ ماتوٚگ زانِہ تہٕ موسم مٲتراوُن
اگرچھےٚ اَنہٕ دِل: اَتھ پیٹھ کَرو کتھ
زہر ژاپنُ چھُنا دُنیا بَاوُن
اگر رُشتن چھُ کیٚہنہ معنی تہٕ مطلب
یہ گوٚونا تار دِتھ دامن بچاوُن
سَہ یُس ازموو یتھی مِسمسار کرُیاسی
دَیان ازٕسے چھُ لوٗکَن آزماوُن
کوٚرُتھ سودا ژٕے پوشَن جان گوٚو پوٚز
یہ ماگوٚو جان کانٛسی پےٚ تہٕ تھاوُن
گوٚمُت یار اَتہٕ ہیوٚ پانَس تہٕ واوَس
شکھےٚ چھُم گوٚ ژھ تہٕ تیٚچھ تَس واتناوُن
یٚمِس ہَتھ بُھتی سٕہ زانِنُ توتہٕ آسان
بُتھےٚ یُس غاَب: مُشکل پرزناوُن
تمِس دِینُ باس سُے اکھ بیٚیہ تہٕ کانٛہہ اکھ
یہ گوٚو گرٕوی تمِس ایمانُ تھاوُن
ضَمیرس از چھُ کُس مازان منظوٗر
زبرگوٚوی یہ گوٚو وۄنی پوٚرساوَن





دُن پیوو شہرو گام باج نوٚوُے
پارٕ ے آس آو راج تاج نوٚوُے

ترٛ کرِ پھُٹرتھ تہٕ وان وانٛو روٚس
بازرا نوٚو امیٚک رِواج نوٚوُے

بَس یوٚہَے آرزوٗ ے چھُم منظور
کأشرِس گوٚرتھ بَنہٕ مزاج نوٚوُے

وُچھ کنوٚ کِنہٕ تہٕ بوز چشموٚ کِنہٕ
بادشاہ نوٚو اَمِس چھُ تاج نوٚوُے

مُشکہِ بدجی نہٕ کاٹھ وور کُنے
کھور پانے کھَہن اَناج نوٚوُے

کھارِ وانو کرٛان نصیبن لوٗ ٹہٕ ڈ
اَز چلِن اَتھ چھُ از سماج نوٚوُے

کُنہٕ وُٹھَن پیٹھٕ تھوٚتھ چھِ ساری لُکھ
کوڈیمِو طرزِ احتجاج نَوٚوُے

کتھ کرٕنۍ سخت مشکل ازٕ منظور
لفظ منگان مَعنہِ بارٕ نوٚوُے





اوٚبرس بَنیوو گرُ تہٕ گرِس ییٛھ چھُ زین ہیوٚ
نظرَن گینوو رنگ، سِیہہ دراو شین ہیوٚ

اکھ ژُہہ : تہٕ سامہِ آو نہٕ کینہہ پانہٕ قد ییٚنُ
اکھ ژُہہ : تہٕ آسمان چھُ پاتھر زمین ہیوٚ

تمیٚ کرِ عجب سوال، میٚ وُنی مس عجب جواب
تمیٚ صاف وٚن توٚین، میٚ وٚ تمس نوین ہیوٚ

ژٲلی متی غزال زانہِ خُدا کرِ تہٕ کور کُن
نظرا دِژم دِلس یہِ چھُ صحرائے چین ہیوٚ

وَدنُے یوان کأنسہِ تہٕ اَسہ نُے تگان اَز
باسان پَرِتھ اکھاہ چھُ میٚ بے حس مشین ہیوٚ

شاید تمس تہٕ اَس نہٕ پانَس خبر ییٚنز
وَنہےَ تہٕ کیازِ صاف "یہ خھیس مہہ جبین ہیوٚ"

مأنوٕ: تہٕ پأری زان چھےٚ ڈُجمہٕ تہٕ اُچھ پھٕرتھ
سوٗچوٕ: تہٕ مخملس تہٕ گوٚمُت ساذٕ زیٚنۍ ہیوٗ

سوچان پرِتھ اکھاہ زِ مکانٕس چھُ لامکان
بولان یُس وٕسےٚ چھُ تہٕ اَبدی مکیٖن ہیوٗ

تیُتھ تھوٚدزٕ ہٕنٛزِ گوس تہٕ منظورٕ نوٚزٕ چھُ یی
وَتہہ زمین اوبہ مٕےٚ کیٚشُت بسٕ زمین ہیوٗ





عظیم الشان مکانا تہٕ دارِ بَر پھٹُرِتھ
طِلسِم وٕنگلہٕ چھُ ممکن مگر نظر پھٹُرِتھ

تیٖمبرِ چھُ واو مَتیومُت، کُلٕبن مَرٕ رآمُت
بہٕ سوزٕہے ژٕنے خبر گوترَن چھِ پَرَ پھٹُرِتھ

یہ آکھ بَرٕونٕھ وٕونِکھ تی، تہٕ ہکِہ تہٕ تھکی تھکی زَن
کوٕرٕکھ کلامہٕ تہٕ پھُٹمُت کوٕرٕکھ سَفر پھٹُرِتھ

چھُ راز دانہٕ اَکھ چھان بَس اَسی یوتَن
فرَح گران اسی رٕودی ہتو زَبر پھٹُرِتھ

طِلسم خانہٕ چھُ شہرس گومُت نظر بے ہوش
ہِسی نِشان ژٕوٕ وایارٕ سِرف کَرٕ پھٹُرِتھ

صُبح پھولان تہٕ سحرس گرٕشان جامہٕ چھِ چاک
سحر یوان چھُ خود رأَتٕ دارِ بَر پھٹُرِتھ

پران کُس چھُ وونی اَخبارٕ یم وَنَ لاہوت
گرَن تہٕ لفظےٚ معنے لیکھِن خیر پھُٹرِتھ

خیال اوس یہِ سنبالِہ سأنی بالا ڈرٕ
وَنُن چھُ گوو ہسہ کَس تام کأری گرَ پھُٹرِتھ

اُسی چھِنا تہٕ اَسی ناگ یأژی نامنظوٗر
اَسی چھِنا زِمیَن تریش نۆ جیجر پھُٹرِتھ



ہَنا ! ٹھہرو تہٕ سوٗچو یَتھ زمانَس منز اُسُن ماسا چھُ ممکن
ژٕلُن ممکن چھُ پوٗز آنس تٕشَن آخر ژٕلُن ماسا چھُ ممکن

مےٚ لیوٗکھمے اَز چھٕے بادم وٲر پرٲنی پاٹھی زن چھوٚجر تہٕ لجُر
مگر پوٗز کیاہ چھُ کتھ پاٹھِن لیکھے، پوٗز اَز لیکھُن ماسا چھُ ممکن

چھُ ممکن زندٕ روزُن کینہہ خیالی دُنیہَس اندر اما پوٚز
ہمیشہٕ صرف یمنے دُنیہن اندر بسُن ماسا چھُ ممکن

چھِ اُسے ڈُنگل تہٕ ژھرٲٹھ ٹنک چھُما اَتھ کانہہ مگر پوٚز بس اکے کتھ
سمندر گوو سمندر اَتھ اَکی ژھرانٹی ترُن ماسا چھُ ممکن

چھِ رازس سخت رِش پوٚز بوزنس ستن گمتی سٲری چھِ کلی زری
چھُ تیتھ اکھ رازیُس سارِنٕ چھُ ویوٚد پوٚزتی وَنُن ماسا چھُ ممکن

گُلَن کَمی ژوٚرنی بوے، آبشارَن گرزٕ تہٕ واوس چال ییٚنچ
سَتُن ممکن چھُ اَتھ : اَتھ کیاہ سَبب زانِتھ وَنُن ماسا چھُ ممکن

یژمن بیٛٹھ زِنٛد روزُن زندگی ستِن چھےٚ نَشاید بے وفائی
تونگر گوو یہ مانٛژُن نقش کانہہ آیس کھٔنُن ماسا چھُ ممکن

اگر کانہہ واقف اسرارِ سمکھی سُے زٕنٛے ہاوی رنگ اصلکی
بہ ظاہر کتھ چھےٚ پٔرنٛ پیٛرشے تمِس ستِن سُخن ماسا چھُ ممکن

مےٚ وٕوّن پلنٛے یہ نفظو ہوش تھو حرفس چھُ حرفے حرف پاتے
یہ کوتاہ تھوٚدٕ تہ بوڈ منظور اندازے کرُن ماسا چھُ ممکن





جشنِ بہار گو وَیا ، رنگ گیوٗن پتا تہٕ چھا
جانورن چھنے چھگ گمژ ، کتیٚ سمن !، پتا تہٕ چھا
گندُن اُسُن تہٕ چترٕ گیتسا ، غم نہٕ کھنے نہٕ فکر کانہہ
اَز تہٕ چھُ واو شانسہٕ ہوت ، پرژھتہٕ گلن پتا تہٕ چھا ؟
مون جواب دیت نہٕ تمۍ : مون ژنے سوز نقش مگر
یاد ژکر لیکھتھ تمن ، لولہٕ خطن پتا تہٕ چھا ؟
آبہٕ ملر تہٕ واوہٕ سر ، کیا چھُ بھروسہ کر متن
کتیٚ چھہ قسمتکۍ غنی ، تار ترن پتا تہٕ چھا
رشتہٕ چھُ رشتہٕ یوٚد دِلس ، آسہٕ کھنتھ تہٕ مُشک میو
دوس وَنان ظاہرا ، کم تہٕ کمن پتا تہٕ چھا
یم چھہ ہلال ہی مگر ، یم چھہ اُچھن سنتھ دِلن
فصد دوان فصد میو ، ہانزِ تمن پتا تہٕ چھا
نژتہٕ چھلکی تہٕ ہڈ لگکھ کانسہٕ وونکھ نہٕ کیا گژھو
یان ژیچھو کانہو یار بَلن پتا تہٕ چھا
ہر تہٕ ژجیبہ ہرد : آ ، بررنہٕ مے آیہٕ اُچھ گر
نافہٕ تہٕ مرستی نیو رمو ، مُشکہٕ سرن پتا تہٕ چھا
کیاز بدن چھُ خوشبوین ؟ واو چھُنا دراز دست
کانہہ تہٕ سنان چھا پرژھن ماڑ کتھن پتا تہٕ چھا





وَتھ آسہ وِہی کران خیال او سہ کأنسہ کیا؟
بس اکھ یوٚہے سوال لیکھتھ اَز چھُ جابجا

کمٕی تالہٕ لاج زیوٚ تہٕ زیوٚن زن کلیہِ زیوٚ
کمٕی پوٚر تہٕ کیاہ پوٚرُن زِ کنبو تام دیُت صدا

دریاو خوأبی آکھ تہٕ ناگن کوٚر مکھ جواب
رہ کھاروے تہٕ کس تہٕ دِمو کس اَکس سزا

کیا اضطراب اِیُس نہٕ چھُ ودنے دِوان وٕلے
یا زانہِ میون پان تہٕ یا زانہِ اکھ خُدا

کرنے دُرزیوٚت ژرے موڑ، بہٕ روٚنے ژرے ہمسفر
پھیر کھ نہٕ زانہہ تہٕ لیوٚت ژُیتے وٚن یہٕ وِدچھا"

کیا آب چھا قریب تہٕ دریاو تریشہِ ہوٚت
تارِ و مٕنے پوٚر فکرِ بہٕ چھُس بے خبر ہتا

اُنی آسی: اُچھ خُدا پنے دِژ کھ وونی کڈان اُچھ
زن آفتاب ژوٚرِ یمے پوٚز یتے ژُھنا!

یہٕ آب عکس ہیوٚ تہٕ اڈہِن زن تہٕ پوشہٕ ژھلے
چھا کانہہ یمس خبر چھنے تمس کیاہ چھُ پے پتا!

منظوٚر زانہ صرف خُدا اتھ چھُ کیاہ سبب
ساني شہار کیاہ زِ تہٕ وہ پدیوٚ زانہہ وفا



...زلوٗن چھ ٹھانڈ تہٕ بژُم چھےٚ تھپھ گریبانَ
توٚہیہ گُمژ چھےٚ پرٚزِس اعتبار اَفسانَ
سُہ اوس تیوٗت مہربان زنتہٕ ناگ وُزان
پرٚزر مگر چھُ زِ اَیی تہٕ زٕبو مےٚ اَرمانَ
دمادِیوِ تہٕ ہتاہ سام ہِشِ ہیٚوِ سفرس
مےٚ چھم خبر زِ یہ کتھ مباَنی کم تہٕ کرمانَ
چھُ آفتاب گوٚمُت گوٗشنہٕ ژھلے ژھاے جوان
یہ کتھ چھےٚ اہم مگر باوِ کیا یہ اَنزانَ
یِھےُ چھُ کال نہٕ عشقےٚ نہٕ ووٗن چھُ مُشکلے کانہہ
عجب چھُ توتہِ ییوٚمُت کیاز چاک دامانَ
پرٚزر : فتوٗراَسی اوس تیتَن شاید
بہار آو تہٕ کھاجو وآب آسمانَ
تمام پوش مگر توتہِ ہیوٚر کُنےٚ پوترُ
توٗز اَز یہ فکرِ چھو نبر اوسمُت چھُ پرمانَ
کیہہَن چھُ شعر بےٚ ڈنگ زنتہٕ ییر ناوا کانہہ
کیہہَن نشِن چھُ یوٗہے طالِبا تہٕ اَوزانَ
چھُ دین میون : محبّت خلوصِ دل منظوٗر
چھُسےٚ ونان یہ کتھ باخُدا تہٕ ایمانگ



اگر یہ پرٕژھنہٕ منٛے حال کیاہ چھُم، جواب دِی زلِسٕ بے حال گومُت
سوال کٔرِی زلِس خبر چھیا کینٛہ تٔمِس چھُ الفس تہٕ دال گومُت

چھُ منبرس پیٹھ وَنان نی یتھ، مزاجہٕ ہیوٗ آسہِ وعظ خوانَس
نظر گٔمژ باخ دِل گٔمژ اُنی، چھُ زندٕ روزُن محال گومُت

نٔوے ریوایژ چھِنٛے بارسَس اَز، مگر یہ ماٛشتر چھُم منٛے آسُن
تٔمِس بہ کیا زخم ہاوِتس کیاہ، یٔمِس چھُ داغنَس تہٕ خال گومُت

عجب ملک: تۄتِھ لب سمکھ کر، وُنتہ یہ ووٚنی ہیکہ تہٕ داستان گو
سُرے چھُ تَس رووُمُت ہُٹِس اَز، تٔمِس چھُ سازے بےتال گومُت

یہ وقت جادوگرن چھُ حِصَس نہ منطقے کانٛہہ نہ فلسفے کانٛہہ
منٛے گرژھتہٕ کانٛہہ جارٕ تھے اگر زانٛہہ وُچھِم چھُ ٹینگس تہٕ بال گومُت

یِمَن چھُ برٕم لۄس زمینہٕ پاوُل، یِمَن یدَن بٕلِ سوٚما بنٛن چھکھ
یہ اوس سہلے یِمَن نہ خبرے زُوٗن تہٕ چھکھ انتقال گومُت

بُوٗرِ نہ وُچھنَس نہ بوزِتس کینٛہہ، پرٕژھو تہٕ کس، موسیٖم کتھاہ کینٛہہ
چھُ آسمان خشمہٕ ہوٚت تہٕ واوِس، چھُ پانی پانَس سوال گومُت

اۆرِشِس تَسٕندِس حساب یُوٚتُے، تَسٕندِس داستان یوٚتُے
ہو زینٛن ہاوِہے مگر کیاہ، چھُ میر میری پھٕترال گومُت

بہ بوس بۆزرا وہا مگر کیا، وَنے تہٕ کَس حال دِل بہ عاجز
حکیم منظور یَس بہ وُنہا چھُ دامنَس تَس تہٕ نال گومُت

○



تاپَس نسأ حساب چھُ اِژھاین شُمار چھا؟
کتھ فکرِ ترٔیمس تہٕ تمُس، کیہنہ ازار چھا؟
آ: کأنی ہارن آسی کنان اُسی پیٚتہٕ سوٚخنَن
دٔدی ہتی اُسی آسی ہوسہ: تہٕ اَتھ کینہ نکار چھا؟
مُشراوہن تہٕ دار ہواون ہہن تہٕ پیٚے
پرِتھ کانہہ چھُ بَس پرٔژھان زآمُت بہار چھا؟
ہاوان نوٚہ گرُی تہٕ چھِ تیلگُ تلاو یم
بدعہد لۆکھ یم چھِ یمَن اعتبار چھا؟
ہے بُنگہٕ چھُس اَوے: زِمے تُمی کرُی سوال کِتہٕ
کانہہ ناگ: خوش ہواو تہٕ کانہہ ویروار چھا؟
دریاو، دوست: ٹھیک یہٕ تُہہ اَٹل تہٕ چھُس زبَر
زانُن چھُ تو تہٕ جان زِ اَتھ سُم تہٕ تار چھا؟
اَتھ گوو دوٚ کُرتنُن تہٕ یہِ مسلٔے تھوٚن تُلِتھ
پرژھنُے چھُ کیا سوال کُنَن منز نار چھا؟
واوِس کوٚرم سوال زِ پوشَن چھُ کیا خطا
وۄن درجواب تُمی زِمے کانہہ اختیار چھا؟
منظور ہیوٚر کیلمے دِلَس زن سکوٚن ہیوٚ
واللہ ژٔے چھُے یہِ نُندہ ریشُن شہر: زار چھا؟





عجیب نوٗیہ تمَن اوس یا مُتیمتی اَسی
تہٕ زانہٕ پانہٕ تمن زخم کم سُنیمتی اَسی

بیان زیوٗ ٹھ: زِ کاغذ وُرق بُرِتھ آمُت
تیٚنیمتی اَسی تہٕ معنیٰ! اَچھر گنیمتی اَسی

وومید کیا یہ کھیٚن منز تھاوہٕ خارِج
مےٚ وُچھ زِ شہر خدائیس تہٕ جن مُتیمتی اَسی

بہٕ کیاہ وُنو تمِس آسہٕ اَچھ تہٕ وُزوٗنی ناگ
فریب پانہٕ یِنی تمہٕ تہٕ زِنہٕ کھینیمتی اَسی

پیوان اوس اکھ اکھ تارُوسی تنہٕ خندٕ کُران
تمُو: مےٚ لیوکھ زِ تعویذ، زِنہٕ چینیمتی اَسی

لیکھوم مےٚ تامہٕ: خبر چھم تہٕ: کتھ وُنِتھ میٚچ ما
لیکھتھ مےٚ تھاوی مےٚ نش یم اَچھر بچیمتی اَسی

تمِس وُونکھ زِ چھُ درویش پانہٕ بوٗڈ وار اہ
کِجر زبانی تہٕ لفظٕ یمِس ژیمتی اَسی

سُہ شہر اوس تتھے سروٕ اَسی ژمھیمتی
عجیب اوس اِکر گُلی مگر ہتھ دیمتی اَسی

تم اَسی سہہ تہٕ خبر کیاہ چھُ کیاہ دیتھ منظوٗر
لِسیمتی اَسی تہٕ تصویرِ ہوی یِنیمتی اَسی





کم اُسی قدمہ قدمہ یمَن ناگ وُزان اُسی
تم اُسی پھوکھ دِوان: ٹُکَن داٗدی بلان اُسی
اَز یانہٕ سے خبر نہٕ زِکتین چھِ، وُنیکتام
واوس وُڈوٗ چھُ کور کُن اندازکران اُسی
تصویر: کیا کمال: زِ بائسوٗ بیک آن
گرِ اُسی تاز دَم تہٕ سوارے کھمان اُسی
یتھ جایہ اُسی کھڑا چھِ یہ لیکھتھ چھُ درکتاب
کَم شمع دزان اُسی تہٕ کم پوش پھولان اُسی
خوابا عجیب اوس: وُچھیم زِ نتہٕ شہر سون
اعمٕی جماٗژ برونٹھ کنبن مور نژان اُسی
پوشن ہیوان اُسی ہزٕبن گنڈ: سہٕ منظر
ساری اَسان اُسی کمے گیہنہٕ وَدان اُسی
اُسن پیٹھمتی قلف چھِ: تہٕ تم دوہ یوان یاد
وُٹھ اُسی ترٕ تہٕ ٹھیک چھُ اُسی باج دِوان اُسی
شیہجار، ویرِ وارکمن وفے نہٕ یہ سوٗچھ....
تاپِس: کرُو یہ یاد: زکم نامہ لیکھان اُسی!
منظور کیاہ مۂ ڈوٗل: زِ چھِ دُشمن تہٕ کھاوَن
یِم راتھ تام میانہٕ بدل یان ژٹان اُسی



بہ ترمیم۔ بحرِ مضارع بہ رکن فاعلن بجاے فعولن



زہراب غمک چِھے تہٕ کوتاہ
سقراطؔ! ژےٚ ہیوٗ بنےٚ تہٕ کوتاہ

وٕہناہ بہٕ تہٕ چھُس سمنٛدراہ ہیوٗ
پانَس بہٕ لوٚژر دِمےٚ تہٕ کوتاہ

تَس آسہٕ پاٚرۍ زان ڈُجمژ
وٚوٗنمَ زِ بہٕ بٔرم تھوٚےٚ تہٕ کوتاہ

اکھ حَرُف ووٚنُن: پٔنُن بہٕ سیدُس
تتھ معنہٕ چھُ کیاہ بِسکھےٚ تہٕ کوتاہ

کیاہ جاے چھےٚ یوٚت تہٕ واتہٕ خوشبو
دیدٕن بہٕ تہٕ تھوٚر تھوٚےٚ تہٕ کوتاہ

تمیٚ کرٕ تہٕ منےٚ پرِبتھ شہَس شِشرگانٹھ
تمیٚ سُند صدم: پھرےٚ تہٕ کوتاہ

یِم دولہٕ یُس تھوان اَزشُب
اَتھ کیاہ چھُ سَبَب وَتےٚ تہٕ کوتاہ

پیوٚمُت چھُ پَتھرٕ یہٕ پوشہٕ بُرگا
بارا بہٕ اَٹس ٹُلےٚ تہٕ کوتاہ

منظورٕ چھےٚ زندگی رٕنیمتہٕ
روٚف وَنتہٕ بہٕ اَتھ کرےٚ تہٕ کوتاہ





کیا کرِ زِ کہ شبنم تہٕ چھُ طوفان اَسی یوت
پرٛیتھ کانٛسہِ نفع آو تہٕ نوقصان اَسی یوت

یم نوکھ رٕٹکی بوٚ خچہِ کرٕتھ پوشہ کنان از
یم نوکھ وٕنان اَسی چھُ ایمان اَسی یوت

یم نوکھ یمَن دِل نہ زبان اکھ نہ سخن اکھ
پرٛیتھ زخم یمَن ہُند چھُ احسان اَسی یوت

"یا ایّھا النّاس اعبُدُو" معنی تہٕ لفظ صاف
برٛم تو تہٕ زٕ فرقان چھُ فرمان اَسی یوت

اَسمانہٕ تیٚمبرِ کیاہ چھُ اَسی یاتی چھِ اٹرنان
آہتی چھِ حِصس تختِ سُلیمان اَسی یوت

ہر چند شریک اَسی نہٕ جنگس تہٕ فسادس
سرکاری حکم دیُن چھُ تہٕ تاوان اَسی یوت

پانسَ تہِ وَنُ یوسُف ثانی چھُ اسی فخر
اَنس تہِ وَتہٕ لال پھٹے آسان اَسی یوت

بوزُم مےٚ اَچھو: ژونٹھ وُنان اُسی یہ ژیرٕن
یُس واپھ یِوان اورٕ ہٕ گاران اَسی یوت

منظورٕ اَسی یوت دِلُک گاشُس سگوٗ اتھ
منظورٕ اوے باغ چھُ مُشکان اَسی یوت



نابِس آمُت یِیہٕ طوُفان
بار خُدایا کَر احسان

پوشَن ونہا بوزَن ما
داو ہیٚیکھ آخر تاوان

آبَس ہارچہٕ گرِنکہٕ چھیٹ زلو
ناگ چھِ کیاہ تامتھ سوچان

رہنہٕ منٛے یارس تھومُت چھُم
چھم نہٕ خبر کیاہ دِل کِنہٕ جان

پرُژھتم نظرَن کَس گوو پھیرُ
لیو کھُس اَتَس چُھکھ گاران

زوٗنہٕ چھنے کھُژم صُبح ترَ
تاپھ تہٕ دوٗد مُتہٕ ہیوٗ کایان

کاوو ہیٚچھ بدلاونی دِ
کھے ترا اوِتھ ازنے وایان

وقتس منٛے وُچھُم اند نہٕ گنڈ
وقتے وقتس تار دِوان

دِل ییٚمی زیو بیٹھ تھوٚو منظور
پانے پانَس دُشمنِ جان





پنتیاہ وُچھان رۄدی زُوچھ وُچھ ہنیہِ خواب
بے آب آسی تیتی پھرِن ہوی ژمییہ خواب

صُبح سو واو رنگ، کلِٕن ہندی ژھایہ گتہ
اکھ رقصِ کائنات بہ مستی میتییہ خواب

ییٚمی یِمی یہ وۄن زِ زۄن پھٮ۪ے چندس بر ہنی رَوا
تسی تسی زَبان پھوٗر تہ تسی تسی سننیہِ خواب

تعبیر شہر ڈیڈ وُچھکھ تھٔز تہ بر نہ کانہہ
خم ژاکھ تیتھ زِ کراچھ گرِتھ پھٔبی ڈوکییہِ خواب

اکھ صورتھا عجیب تہ اَتھ ناو کیا تھوو
بستی تنان آیہ تہ بستی گینیہِ خواب

کم تیر! سیر بدلہ اَسی داری سینہ: آ!
مخملی بدن تہ تو تہ اُچھن زن سنیہِ خواب

اَوزان سنگ وخشت: تہٕ خوابَن شُمارڈوٚل
پرماہٕ پوشہٕ ژٔلی زٕہ تہٕ یکدم لوٚتیِیہٕ خواب

خوٚن اوس تیوٚت گرم کنِہٕن پیٹھ دِتُن صَدا
اُچھ آسہٕ تیٛزٕ سَر دزیٛح زٕن شِشٹھییہٕ خواب

منظوٗرٲس کَس یہِ خبَر، واو بھییرِ روٗخ
وٕزھرِتھ تھوٚییہٕ سیٖنہٕ تہٕ رٕزھرِتھ تھوٚییہٕ خواب





سمندرا تہٕ نہٕ معلوٗم کوٗت سرِوٚن آسان
ونوس لال وجواہر؟ دِپان چھم پہچان

تیٚتھ اوس جبس اَچھوتام خوٗن ہاُرن ہیوٚت
دُعا: خُدایہٕ یہٕ سخ مرحلا چھُ: کر احسان

بدٕل پچھےٚ کتھ زِ غرض آسہٕ تس بدل کیٚنژھاہ
تمِس نہٕ فکر تری کتھ: سُہ ما چھُ تیوٚت اَنزان

زِرُر یتھٕ چھُ مساوی تمن چھُ ہوٗرن کیاہ
اگر یگاہ تمِس یُن چھُ اَزی یین طوٗفان!

رِکھن چھُ تیتھہٕ تہٕ رِکھن زن برونٕہہ بُجر آمُت
منےٚ چھم شکھے زِ جبر کانہہ تہٕ کنہٕ چھیٚتیاہ بے جان

وقت بیٚنیکھ تہٕ چھِ دریاو تام روٗخ بدلان
منےٚ دیدمان پچھےٚ کتھ: صرف اکھ نہٕ سُے مانان

ٲنتھ ہیکہٕ نہٕ زِہنتے ترٛام سَید خاٲرِص سوٗن
ہێکِتھ بنَ نہٕ زِہنتے پاٲز، گرد چھُ گرد آسان

گُلا! جاے یہ، شیرٕ ژٕ دوٗن اَچھَن اَندر
ژٕ وٕتھرٕ وٕتھرٕ منٛز وُچھ چھُے تُنُند ہیوٗ اَنمان

عجیب طرفہٕ طبیعت چھِ لوکھ اے منظوٗر
کران کار غلط تاونَس لگِتھ شیطان



یَنُن کانہہ پانہٕ ہیے یوٚد چھاوِ مطلب
پَتہٕ سوٚچ! کمیک: کیا: باوِ مطلب
سُہ کُس گوٚ ویُس زواوس تھاوِ کُنہِ پیٹھ
سُہ کُس گوٚ ویُس کتھَن مَنساوِ مطلب
سُہ اکھ بے اعتدالا: بے اصوٗلا
تمُس نِش یوٗنہٕ مہمل: ماوِ مطلب
تکان از کس سوٚنہ خوشبوٗ مأتراونی
کہنتے ڈیوڑھم نہٕ یُس اَتھ باوِ مطلب
نہٕ اوسُم زانہہ نہٕ چھم ایمان اَتھ پیٹھ
نہٕ دریاوس نہٕ ہأرس: ناوِ مطلب
وَنان آسان شاعر تتی سِتمگر
زٕٹھ کتھ یُس اَکھ کُن تراوِ مطلب
مقامس پیٹھ قلندر آسہے یوٚد
سمندر زانہٕ ہے کیا کھراوِ مطلب
تمِس منظوٗر پانس تام سوٗرے
سُہ کتھ کیا زٕارِ کتھ کیا تھاوِ مطلب





اَتھوٚ کھوٚرُو چھُہ پرونٚے مگر مٚے زَن باسان
یہ اوس میر تہٕ از زن گوٚمُت پھرٗال اِنسان

خُدایہ سہل: تمِس سَخ مِزاز وولیومُت
اَتھوٚ گُلاب، وُٹھوٚ ستۍ نار ہیوٚ ژ ا یا ن

تِمَن چھُ پانہٕ دُژیوٚت: کیا دوٚچھُن تہٕ کیاہ کھوٚور
مگر کڈان چھِ "مُرشدؒ" توٚہی نوٚہی فرمان

تران فِکرِ اَسی یوٚلی جانوارن ہنز
اَسی حمامہٕ شہوٚ ستۍ روٗدی ہمتۍ تاوان

وُنِتھ ہیوٚکُس گولابَس یہ یوٚسمن ہرگز
مٚے یِتھ سوال مہٕ کر تھوٚ مٚے لَبِس اَکُے احسان

اگرچہ شہر چھُ سُے صاحبِ مقام تہٕ کانہہ
وُنِتھ ہیکان کہنٕہ از نہٕ ہے یہ چھاختلان

بہ وعظ کیا سہ پرَکھ کیا زِمیأنی کتھ مانَن
اَنِژ ژوٚکا ہیوٗ چھُ باسان پرٛتھ اَکِس اسمان

سُہ دوہ تہٕ واتہِ زِ بوزَن اَکےُ صَدا عالم
صَدا سُہ آسہِ کُنےُ کُلُّ مَنْ عَلَیْھَا فَان

اگرچہِ سوچ لوٚکُٹ، قدتمُس چھُ ژھوٚٹ لیکن
تمُس چھےٚ کار سو یأرِم تہٕ بُنگلہٕ عالیشان





سُہ موجوٗدُک وجوٗدس ژارِ مطلب
سُہ سُے بے مطلبس یُس کھارِ مطلب
چھ یوٚد چھوٗنی رنگ سائنس، داستانس
وَنَن وولا بِیٚنِس : اَتھ پارِ مطلب
قیامت! لاگہِ اُچھ اُستھ اگر اوٚن
تہٕ نظرو ستی لفظن ژارِ مطلب
تَمُیک مطلب چھُ کیاہ تامتھ کجر چھُس
وُڈھو نیرتھ اگر کَتھ ژھارِ مَطلب
چھُ یوٗ تہٕ زندگانی ہُند ہیوٚر بون
چھ طوطس زَخم کَتھ ہیوٗ ہارِ مطلب؟
اُرزمان آسہِ : کَتھ کرنَس تہٕ یہران
سُہ لفظے کیا تہٕ تَتھ کُس پارِ مطلب
سزا لفظن بِیٚیا یا وونہٕ باوُژ
اگر زَن مطلبس ثود مارِ مطلب
اَدا یوٚد گوو تِتھُے آسِس غرض آ
طُفانَن منز۔ تارسس تارِ مطلب
چھ کیا اسباب، چھم منظوٗر معلوٗم
یمو کِنہٕ زَن ڈکس دِژہ کھارِ مطلب





روٗیی پرتم وارٕ تہٕ پرٕ ژھتم متہٕ احوال
اُسی کِچ تیوٗتاہ بروٗنٹھ زِ یُتھ کوٗر اَسہِ پانژال

جسوٗنتس تہٕ نبس یُس بور چھُ ہُے چھُک بور
تختس پیٹھ سُلہٕ شاہ اَسِن یاہر گوپال

ناپھ چھُ جوٗیہِ جوٗیہِ ژھوہ ماران آسہِ تِر ژھٹان
شینس منز وَسَن گُمہٕ اَسہِ چھِ تیتھی اعمال

نبر چھُ تھوٗد اسمان تہٕ نظرن قدسَخ ژھوٗٹ
اَندرٕ چھُ پانس سمکھُن ژھنڈن بوٗڈ پاتال

اُسِ ترٕاوٕو فی الحال پرٕنی بولکو اسباق
پوٗزٕ وننس لاجِکھ پابندی بیٚتہِ فی الحال

اَخیرس پیٹھ نینوزِ کَتھِ کَتھِ چھےٚ گُمٕژ
ہُمی ووٗن ہِمس تہٕ تمی ووٗن تمِس تہِ گوٗوہٕ نال

توتہٕ ژٕلیاہ زانہٕ ترِیشِ یمَن باغنَ سانِہن
مون زِ بال چھِ کرِ ہتی شینَن مالامال

کسَ لگِہ دبَ کسَ ووٚڈھ کَڈِ دِل، بسَ زانہٕ خدا
زال چھِ لگی ہتی وتہٕ وتہٕ کھٕڑھرٔ اچھِن پھٕٹےٚ زال

منظورؔ سِ پھوٚر ژوٚر بھر وسَس دوس ؒ ئنتھ
ناگ وُزیہتی چشمن چھس دِل چھُس بے حال



ل ب ، ا ، ن



۱

باسان سیود چھُ تَس تہِ چھُ اُندری بَساں ژھَل
مٔلی سادگی ہِوان تہٕ پھیرِتھ کنان ژھَل
تَس اوس اکھ ہَوس تہٕ سُہ کیاہ بوز ہے یہ وعظ
ماران یُس چھُ ژھالہٕ چھُ تمی سے رٹان ژھَل
وَنہس : کوِسَن چھُ شیٖن تہٕ ہوٗکھمت چھِ ناگہ بل
الغایہ سمکھ زانہہ تہِ : ژٕنٕہا ہیوٗ کران ژھَل
زاگان اکھ اکِس چھِ پرژھوکھے : تہٕ دم : جواب
مولا یہ زانہٕ کیاز چھُ، پرتھ کانہہ گران ژھَل
مے زانہہ تہِ ووٗن ہٕ شیٖن چھُ زالان سبز زار
یم آفتابی کیاز مے ہتین کران ژھَل...
زانہہ چھانی نَہ اگر تہِ مےٚ افسوس : کیاہ ونے
پرتھ ساعتہٕ پوٗز چھونان تہٕ باقی بچان ژھَل
ٹانے ژٹان ذاتہٕ تہٕ ہمدردیا کران
گرٕد کوترس وَنان ژےٚ چھےٚ امتحان ژھَل
پیٖرس پرژھوم پیر تمِس ناو، کرام کیاہ
مَنسوونس یہ : رُود سُہ پانَس لِکھان ژھَل
منظوٗر کیاہ وَنان ؟ دِلِن از گُلَن چھِ نار،
تَس کیاہ چھُ : عمر واتِ تمِس بس وَنان ژھَل؛



آسہِ یُس پرِ تھ کأنسہِ تھَ ناوَس چھےٚ کیاہ پہچان ہے
نِیستو ستی چھےٚ کتھ: اَتھ پیٹھ مےٚ چھُم ایمان ہے
مےٚ پرَ ہکھ باوُن سرا: مےٚ حضن پرَ ہکھ لاگُن حسابے
اَس مے گاشتس تہٕ پوشن ستی: تھوڑا زان ہے
یُس اکھاہ سُمکھان زَن صُبحَس تہٕ شامُک داستان
تسُی چھُ وندس سونتھ گومُت تسُی تہٕ کیہنہ باسان ہے
یَس چھُ چشمن ستی میوٚن دیُن، تَس چھےٚ ترتیبے وجود
تَس خبر کیاہ، لام چھا الفس پرُن آسان ہے
پأنی پانَس پیٹھ یمس پرِتھ آیہِ پننے ساوِسا
تَس وتُن بے معنہِ: کیاہ ناکار کیاہ گوو جان ہے
پرأنی پأٹھی گوٚرتھ ڈَلَس اَندرُ وَسُن زانہہ آفتاب
یَس یُتے چھُم آرزو چھُم یَس یُہے ارمان ہے
پوش مُشکاوان صُبحَس: واو موٚت: تابس نہٕ تاب
وارِ ستی تَو وَتھ چھےٚ آخرکُس کمِس ڈالان ہے
مُرژ گوٚر کیا زانہِ معنے واتہِ کتھ حرفس تہٕ کیاہ
چھُس نہٕ سمجھأنی مےٚ کیاہ زَن چھُم یہ سمجھاوان ہے
کیاہ وَتو منظور صابَس پرَ مسا لوکُٹ سبق
پأنی پانَس پیٹھ ہسا چھُکھ بور گوٚرِ راوان ہے





گرٛژھہٕ زانہہ تابِس تہٕ شیٖنِس دوستی
گرٛژھہٕ زانہہ نظرَن تہٕ نظّارَس کمی
پۄز چھُ گُلُو کُٹ پیٚیے پھَر: کَر ہو تہٕ کیا!
واو چھا بوزان پرٛژھہس کیاہ گرٛژھی؟
جبسِ دم یِیمی کوٚر: تِمی اسرار وُچھ
حبسِ غم یِیمی سوٚر: تِمی کَر زندگی
کیازِ ہورَو آسی ییٚنُ آسُن تہٕ کرام
کیا ذٕیچھ عزت دِموٚ اُسی بے کسی
راٗژ نغمن ترارِ کُس معنے سٕئے روٚس
تھاوُمتہٕ چھم دارِ بَر ساٗری وُتھی
کیاہ چھُنا وونی کاٗتسہٕ ساٗدِ روار خوٚن؟
توٚتہٕ کیاہ گوٚو آب یوٚد وولرُک چھُ بی
موٚد ماسا تِم بلقے چھیا؟
کیاہ اگر مہراج صاٗبنی گرٚی ژٕلی
ناگ ہوٚکھ: اوٚبرس تہٕ آسُن ماسہٕ روو
مُتھ دلِوارس پیٹھ پھولِتھ لیوٚ کھمُت چھُ بی
شعر منظوٗرنی؟ برابر اَنہ پیٚڑ،
نے یِمَن زنگے نہٕ چھکہ کانہہ زادگی؟





ناپَس دِیُن ناد اوسُکھ ہاوس
پرٕتھ ناگہٕ بَلا نوٚ گمُت داوس

کیا ہارٕوٕنَس ہوٚکھراوٕو زٕبو
سَمکھُم یوٚدٕ زانہہ کُنہِ کیا باوَس

تِم دوہ گےٚ یێلِہ کتھ اَس یێرٕ
وعدا مُشِرٕ تہٕ گراوا تھاوَس

بَس رنگ پێنٕ دیتِنَس نہٕ کہنے
کوتٕری نَتہٕ کوٚر کوترٕ کاوَس

راتھا یِیہ کانہہ یێلِہ قصّہ وۄتھَن
ساتھا سَمہِ سُئے ہیتہٕ دِل ہاوَس

کیاہ ترٕلیش تمیُک اظہار تہٕ کیتھ؟
گمُتُ گمہٕ شران چھِ ڈٕریاوس!

یُس نیہری چھُ تتھ ہینکہِ پلے بنتھ
یُس اَندٕری : کیاہ کرٕ : تتھ تاوُس

مولا بوٗزن آے لگن تس
اَتھ لوکچارس اَتھ چکہِ چاوُس

یہے گوو طوٗفانا : قرنہٕ پھیراہ
گل دائے چھہِ وجہ واوُس

منظوٗرہَ صدا یتھ اَللّٰہ ھوُ
پوٗزایہِ کران یہ تتھ ناوُس





جانٕ ہمتھ! آنہٕ زانیانٕس پھِرن
رنگہٕ! زانِتھ تھوٚ یہٕ چھُپے جانٕس پھِرن!
یوٚد چھُ بدلے وَقت، مگر حیرت مےٚ چھُم
وٲنی پلنے ہٕنیٚسے وانٕس پھِرن!
یَس نہٕ یوٗز پَتہٕ ہے چھُ کیاہ تَس کیاہ اَپُرٕ
اَتھ تناز عَس گوٚ سَنٛ پانٕس پھِرن
یوٚد اَکُے کِردار تھوڑا ہور یور
خطر: سُے اکھ گوٚ ژھنہٕ اَفسانٕس پھِرن
وانٕس کدٕنس پیٹھ چھُ کھوٗمت حُسنٕ تمہٕ
خدشہٕ چھُم مےٚ گوٚ ژھہٕنہٕ ایمانٕس پھِرن
راچھِدراوسُس نہٕ، رہٕ کیاہ چھُس سٕنو
واوگوٚ ژھنا مُشکہٕ الوانٕس پھِرن
اکھ وُچھا! اَسمان تامتھ کرٕ قدم
گوٚمُت از آسان اَسمانٕس پھِرن
تَس تِلکھُن چھُس بے سکوٗن گوٚ دمیاٚنی کِنہٕ
ینہٕ سے یِتھ جانِ جانانٕس پھِرن
باقین منظوٗر دِی ہے واٹھ کیہنہ
دِیھ یہٕ آنے گوٚ ژھہٕنہٕ نادانٕس پھِرن





مےٚ نِش ترٕن لفظٕ تےٚ ہانہِ مطلب
یہِ کیٚنژھاہ مانہِ سُےٚ تھٕتھ معنہِ مطلب
ہِز ازن اعتدأہے رووُمت زاَن
بۄر وُدنس نہ اَسنس : معنہِ مطلب...
...مےٚ ووٚن : ننگر : تہٕ ننہ رسنگرس بیٛچھ
پیٛتھ ژٕم ییٚس : اَمیٚک سُےٚ زانہِ مطلب
...قلم ہِنٛز ژےٚ لگی تےٚ سیتھ زٕنہ آ
ژٕ وُٹھ زٕبو چھےٚ ژٕےٚ کیا زٕکانہ مطلب؟
...اُگر ووٚ زٕم آسہِ، تتھ مانو ہِشی : کتھ
اُگر کتھ آسہِ کتھ : تتھ لانہ مطلب
اگر اَسہِ اَچھ وُٹو اَقتابہِ لوسیا؟
اگر اَسہِ آب چھپانو ! چھپانہِ مطلب
مےٚ واوس جیٖم، داوس دال سیٖنس
چھُ خالی کانہہ زِبیٚس زٕن زانہِ مطلب
چھُ دامن تنگ غٕبس کمی سنا دوٚن
یہِ ییٚمی ووٚن اوس کیاتس معنہِ مطلب؟





تاَ بِتھ کرُن زِ شَب تہِ دُہے گوِ یہ گوٚ ژھگن
اَز اَتھ اَسُن تہِ ژھیپے: تہِ پگاہ ژیے وٚدٕن وٚن
اُمی دوٚر رُن قرار ژنے تیوٚتے منے زیوٚن دِل
دیوار: درمیان نہ ژٔے چھکھ تہ بے پنن
یار: کہ شینہ راتھ چھِ ژھانڈان صُبحدم
یاتے برژھان اَسی زِ افتابہٕ گوٚژھ کھسُن
پانس تہِ کینہہ چھُیا اُمیک احساس کانہہ خیال
ووزِ مے ژٔنے ناوٕ جامہ تہِ وویرے ژٔنے چھُ قرُن
اَتھ گوٚوٚسُن تہِ یانہ وُچھِن کیہ سٕر ینِ چھُے وتھ
پرژھیوٚتے چھُ کیاہ لگَن تہ خیالے چھُ کیا کرُن!
اَنس تھوٚوُن آب مُقابل تہِ معنہ کیاہ
یُتھ معنہ راوِ سأری ہے اَتھ گرژھنہ تیتھ سنُن
طوطس وَنان اوس یہ اَتھ کاوٕ چھکھ تہ ژھوٹ
یِہ دُ چھکھ ژھ تھوٚد: تہِ لگنہ زِ نہنے یا وِ یوٚن وُٹن
گرژھ ہے سُہ مہربان تہِ کرِ ہے سُہ خار یاتھ
وِہنس یہ حالِ زار: تہِ تُتھ گوٚژھ مٔے تھ سُمن،
منظور خوٚن دِل ژِ تھوان آیتن بہ شعر
گرژھ میون چھُے دُعا تِہ تھے کُنُ نوٚن پھولُن





کیاہ مُلکہ ژٕ آمُت : سُہ الگ : میون شہر بیاکھ
آ : پوٚز چھُ خبر چاٲنی الگ میاٲنی نظر بیاکھ

ووٚنی خندٕہ کرُن شوٗبہِ اگر کاٲنسہِ تہِ پانَس
ووت اَندسفر ، زون زِیَے اوس سفر بیاکھ

ممکن چھُ مُتٕبن آسہِ شفا ووٚنی کوٚین منز
رُنٛزِ آر : یہِ شروٗنی چھوٚن چھُ شیران اَثر بیاکھ

گُلنارٕ ی صفَس شیٖن ژُون ذات بَدلنَس
تَس آسہِ اُچھی بَدلہٕ تمُس اَس نظر بیاکھ

میٚیے برونٛہہ کَنٛبن نار دتُگ اہ رٕبَس تام
یَتھ خوٗن نہ دٕ رٕہی تہِ گورٕتھ آسُن سُہ جگر بیاکھ

اوٚندِ یوٚکھ چھُ سَیہ سَنگ : کُلی کاہہ نہ گُلی کاہہ
تمُ تھاوِ وُٹھِ اُچھ تہٕ تمُی لاٗے تنَبر بیاکھ

اَکھ کیفیتس ناوتھوٚو کیاہ تہٕ لیکھوکیاہ
نارس چھےٚ کھٔستھ ترٕ تہٕ ناگن چھُ ترٛشر بیاکھ

کانہہ نقشہٕ نہٕ تیٚتھ ہاٗوی ترٕ کتھ جایہ یُس تھ اَز
یتھ عشقہٕ شہارس چھُ دِین شام وسحر بیاکھ

اَکھ مومی قلم: پوٚش کھٔتِن آہ پلن پیٹھ
بہترٕ نہٕ سَتن اَکھ، یہِ چھُ منظوٗرِ مترٛ بیاکھ





سارٕی کلۍ : یِتھ بستی حال احوال عجیب
تیوٚ نگُل ہش خوشبوے تہٕ اوٚس سال! عجب
فکرِ چھنے کیاہ تَس یِخ وِیگلیو تہٕ کَس کھوٚتِپ
روٗد وٚتن تُس! ڈل گوٚو مالا مال عجب!
ہاوان آہ تہٕ ٹاٹہٕ ژٹان اوس اُتھی تاپس
بوٚزُم حالے تمۍ تہٕ چُھ پھیر مُت نال عجب
نارٕ پدن تَل زامُت اوس اَسہٕ راتھ دوہ
شُنیکۍ موکل وَندن زاج اَسہٕ تال عجیب
قونوٗ تے یَد لیمہٕ تہٕ پرتھ ترتیبے ڈٕج
شہرَس ستن مجراہ ووٕنی پانژال عجب
کیا آخر لوٚکٹن معصوم شرن چھ خطا
قلمس کھوٚر ڈوٗل، ڈالس گوٚو لیوٚد زال عجب
پھیوٚرُم کیا رِوِنیوس آہ زٕۍ وُچھمُت نہٕ اَہنہٕ
رنگ نیتھس ڈوٗل مے زنہٕ مے گوٚو حال عجب
نارٕک ٹوک کلس بیٹھ ہیتھ شبنم، پوشن
صُبحن شامن رو زِتھ چھکھ دُنبال عجب
منظورس قرزینس تھاوِکھ پیادٕ چ شہہ
روٗد نہٕ تس شہہ ہے دشمن ہُنٕ چال عجب





اَکھ پأز ہور یور، ترٛشان اوس مورزَن

اَکھ زوٚن وَدان اوس تہٕ باسان چورزَن

اَز تأپہٕ آنگنُن چھُ، یہٕ رات اوس ویرِوار

پرتھ کانٛسہٕ تھوٚومُت چھُ اُچھن کیازِ تورزَن

سوٚے سأنی پأٹھی اَز تہٕ پیأری چھُ: سوٚچتوٚ

یاسان توتہٕ کیازِ سُہ توٚرمُت اَپور زَن!

یم کُکھ وَنان شیٖنہٕ کُلین ہیٚیہٕ تہٕ نارزاہہ

اُسی کیہنہ وَدان اَز چھِ اسی شرط ہورزَن

پرتھ کانٛہہ وَنان چھُم منٛے شُہریارٕ رشتہٕ دار

شجرَہ نسب رٕٹھ چھُ اَتھس منز نورزَن

نظرَے منٛے کُن تُلان تہٕ صد نازوصد خُمار

کانٛہہ عرضیا چھِنٛے میأنی تمِس زیرِ غورزَن

تلسأہٕ وُچھ شُمألی ہواوس چھُ روخ کیأر

آمتی چھِ اَز کُلین تہٕ کٹھن تام زورزَن

کیا شور اَندرٕ تیٚنٛبرٕ چھُ باسان اَکھ سکوٗن

کیا خامشی! زِشہہ تہٕ چھُ باسان شورزَن

منظور؛ زون منٛے تہٕ وٕنتھ زانہ بےٚ یہٕ کتھ

ٹھیٖکے چھُ کتھ وَنان: مگر ہورِ یورزَن!





ژُنکرٕ ژُنکر چھُ پان بچاوِتھ آس تہٕ بےٚ
یُس اکھ سمکھُم اوس کران سہٕ چانی دژِ رےٚ
پُرزژھنم "مینےٚ ہی کانٛتیاہ آسِن انداز
دِوٚیمِس: یُس اکھ اپُرزژھنم اکُس، تہٕ مےٚ وونمس ژٕ
شاید سارِی تر ہَن، اکھ اکہٕ یوٚد ترہَن
بسُ اکھ جمگو ہٕ ٹھ: یُس اکھ شور زگوڈ ترٕ بےٚ
ژنکو ژنکایت! تم دوٚرے گےٚ، کرہ ژ تہٕ کیا
وَق وُچھ کورِ از ووت چھےٚ بوٚمبرس پوٚشیچ دےٚ
عقلِ تہٕ واٹھے اکھ ہتِن بےٚ سوچہٕ تہٕ کیا؟
ییتیس سوٚ درس اندر یُس ہمپوش چھ ترٕ ےٚ
مُتر رتھ تھو مِتی آسی مکانس دارِ تہٕ بر
پوٚرِ مکانس آسہٕ کنہٕ کنی گاشیچ بےٚ
تاپھ چھُ درامُت بنیہ پرانی انمارہٕ، مگر
دُنلہِ چھےٚ وُجمِتہٕ اندِ ہنھ از سمکھن وٕلےٚ
ہاوِم زخم تہٕ تم آسم پننی بالکل
چانی بداد وُنم تہٕ روٗزہٕ کانہہ پانےٚ
دوٚن منظوٗرس یارن کرِتھ حساب زوہ نی
سوٗرےٚ چھےٚ بیباق تہٕ سوٗرےٚ چھُ باقےٚ





چھُ اکھ : تقسیم گرٛژھ تھےٚ ہیکہٕ نہٕ انسان
مےٚ چھُم ایمان : آ اُتھ پیٹھ مےٚ ایمان

یہٕ کُنِتھ لمحا : مےٚ حاصل کیفیت کیا؟
بہٕ چھُس سوچان بس کیا چھُس بہٕ سوچان

عجب خوفا : مےٚ ما ووٚنمس یہ کُس گام
مےٚ ووٚنمس بےٚ بہٕ چھُس پیٹھ گامہٕ روزان

نہٕ گرٛاوے کانہہ ، نہٕ شکوے کانہہ نہٕ بجتےٚ
تمِس صفتا : نہٕ کتھ یورِچ نہٕ یوزان

یمن کیا یم چھِ سائنس عاب ژھانڈان
اُنسےٚ کیہنہ کوٚر نہٕ : کوٚر انسان ارزان

اگر نے مےٚ ہوس گرٛژھہِ ہے دِلس لور
سکونُک روزِ ہے ماسہ مےٚ ارمان

اوے شاید مےٚ دِل زٕن مُطمئن ہیو
مےٚ چھُم منظورٕ محبتٕ اصل ایمان





کٔج گیہِ زبوٗکس دٔج نیہِ واوَن، کپٹَن اَز بدلیمژ پھرَن
ووٚنی ہٕنا اَچھَن اندر کانْہہ رَنگے، ووٚنی ہٕنہٕ سۄ نُطقے مآلَن سٲتَن

کتھ یوسہٕ باوتھ زٲنی تہٕ چشمو، دوٚد دِلُک یُس ہووِنہٕ روٗین
لفظ رٕنیمتی، لیکھے کیاہ زٕن، مَعنہٕ تہٕ مطلب رَلہٕ مِلہٕ گرٕھہٕ ہٕن

ڈٕہی بدلاوِتھ روٗے بدلاوَن، گاہے تُنتس گاہے بیتی نَس
تمنا چھُم زیٖمن سٕرٹکَن ہیو، کاش کرٕنی مینتہِ کیہنہٕ ژھلنگہن

خوابی مر۔احیس۔ راس یمن گوو، اوٚنُک عکس تہٕ شکل مشے یکھ
یم چھِنہٕ اَزی کیس حالس واتِتھ، یم لگھ مآری فقط اَکی یکہن

یتھ شہرس اندر گیہِ منطق، لفظا یتھ کانْہہ معنہٕ تہٕ مطلب
یتھ شہرس چھُ پنُن دستوٗراکھ، دٕروتھ کُلبن پوٗزا یہِ چھے شرٕھ ہٕن

یَس زبوٗتس زولاہٕ چھہٕ پانَس، یس چھُ قلمتس ہتھ رٕڈی ہتی ہُسی
یِی وٕنہٕ نُک رٕہ زیوٗ کھوٚت آخر، یی لیوٚ کھنگھ رٕ کوٚر پریتھ قلمَن

کیہنہٕ وٕنہٕ تَس لایق مَنہٕ تھوٚہے، یوٚدہٕ سُہ کانْہہ یلغار دِیہے
خبرا کہٕ لٹہِ زخمن ہیتہٕ ہے، لادَن ہمہٕ ہُس ہیمہٕ ہُس پادَن

منظوٗرس کر فکرٕ ترٕ یوٗ، ناگس چھکہٕ چھک ناگ کرنا زانْہہ
حاصل سیٕرس بَس بے خوابی تٔمُ سوچیوٗ اَتھ بیٹھ راژَن





پَنُن یوٗدوَے پتاہ اَنَن پرٕژھان اوس
اَما شیٖچھ پوٗر پاتاہِ تھوان اوس
بِہتھ آ: یتھ کُٹھِس شِہجار پرٕاوان
مسٹھاہ رَددبد سہ اَفتابَس وَنان اوس
چھِ اَمبرٕ ژٕونٹھ موجوٗد اَز تہٕ لیکن
سُہ مُشکِہٕ غاءِب یُس زٕوحَس ویان اوس
پرٕناہ تمہٕ وے تہٕ کرواوس تہٕ کاوس
ہِمَن جانا ورَن کُل بِھہٕ دِوان اوس
ہِسُوتھ ژُکھٹٕ آسی تسٕ، کاہہٕ واے کرٕہا
ہِمس ددرایہٕ یکدم اوٗش وَسان اوس
چھُ اَز قطرِن: پھرٕہِن لوٗگمُت شمارَس
یہٕ گو ونا سُے زِیُس ناگے چوان اوس
سُہ کُس یٖمی نصف شب سوٗرمُت، یہٕ وٕنہے
سہ ناگہہ راتھ کیٖت شوٗنگِتھ ودان اوس
تیوٗت لُکو کوٗر شہر خالی
توٗ تامتھ بُس کرُن اوٗبرا کھسان اوس
تِمس منظوٗرٕ پرٕتھ کُمی کرٕ: پتھ رِکنہٕ
"یہٕ کوتاہ ختہٕ چھُس گومُت" وَنان اوس





یِمَن باغَن چھِ اَسی پھیران تِم سارٕی خیالی ما
زمیٖنَس پیٹھ وُچھان اَسی خواب آمِتی آسمانی ما

اَسی حَض آ اَسی آمِتی سیتھ دونان نَشتوَ ستی
لیکھِتھ ناوَس اَسی وُچھتو شعوٗرٕچ پاسبانی ما

چھُنا مُمکن زِبِل چُھک آسہِ ما گوٗمُت اِی نظرَن
دَزان آسان یِم راتَس دوہَس تِم باغ سانی ما؟

سَتَن ناگَن اَنی پھِروِتھ، تھٔکِتھ ژٕرے پیٚکھ تِمَس پروا؟
ژٕرے چھُے اکھ ناگ نظرَن منز سُے اکھ وُچھتہ ہاوی ما

چھُے نظرَن اَزرَ خوشبوٗ توتہ زَن کیا ہتلم بدلیوٗمُت
چھِ ژٕندکَن کُلیِ تمے لیکن یِمَن زٕتار نالی ما

گُلبَن سِتین یہِ واوٕچ ییٚژ ہمدردی تہٕ نزدیکی
یہِ کیٚنژھاہ اَسی تن لیکن بے مطلب ما یہِ خالی ما

ژٕ چھے معلوٗم آٗنس ناگہٕ رادس یٖتھٕ یقین مہمل
مےٚ چھم پاسان آخر پٔرٕ ژٕ پننے پان کھیاوی ما

وٗلی مانی نہٕ کانہہ منظوٗر ووٚنی دُنیا چھُ بدلیومُت
جنوٗنَن تھٔیتھ شعوٗرس یوٗدٕ ژٕ دِزٕہٕ چھےٚ پہٕ تراوی ما





تازٕ قصّہ : بیاکھ داستان لیکھتھ آے
یم چھِ تمے لکھ ہرُد تہٕ سونتہٕ وُٹھ آے

اُسی ستارن کمند لایہٕ وٕنین منز
گوکھ یہ کیاوَرز قدمہٕ قدمہٕ ژلتھ آے

مُلکِ پرستاہ وَعظ خوان چھُ آمُت
بوز لکو صرف تیوٕ تے یوت ژُستھ آے

اُسی ہمتھ باج اُننہٕ داو غلط پیوکھ
ساٗنہٕ تہٕ زٕٹھ اُسی صاف رٕہن تھوتھ آے

ووٕنی چھِ وُچھُن کیا سلوک سید یمن ستی
ژوٕنٹ کلین کمٕ وٕنیوو، وندِ پھولتھ آے

سیرِ طلسمات کرنہٕ یم تہٕ ہمتھ اُسی
زانہٕ خدا تور کیازِ جامہٕ ژُٹھ آے

روزِ یمن ستی دوستانہٕ تہٕ کوتاہ
یم چھِ تمی جانہٕ وارشین گلتھ آے

پوش تہٕ کرٕی وارلین حوالہٕ وٕدن کیا
یتھ تہٕ جوابے چھُ اُسی سہٕ کار کرتھ آے

تم تہٕ وُچھِم عزمہٕ وآلی فخر چھُ منظور
زخم لگِتھ خونہٕ جگر ستی چھلتھ آے





اَہہ وُچھتھ فکرِ تۆر مےٚ ژَن مےٚ گوٚمُت بیاکھ
اوس اُچھَن منز یُس تہٕ خواب سَپُد خاکھ

کیاز ژِمس بوزِ ژھایہ تاٲۍ گیٚس اُچھ
لَبہٕ مَتس آو کیاسہٕ جامہٕ کرِن چاکھ

یار مَد توار میون! ؟ واو ڈُنتھ گوو
پاہہ وَتان اَسی پوش تَس چھُ قدٕ بیاکھ

چھُے ژےٚ تصوُّر جہار آسہِ بہَارس
بیاکھ نظرِ ستےٚ تھٲوِزِ یور اگر آکھ

چون صلح چھا سَفر کرون اُتی طےٚ
مون، چلو، بیاکھ موڑ آسہِ خطرناکھ

کھاٲلی اگر موختہٕ پھُلی تہٕ کھاٲلی غواصوَ
لوٗکھ کران اُز تہٕ کیازِ گاڈِ شِکمَ چاکھ

نُنٛدٕ رێشِنۍ شُرکۍ چھِ درکتاب ژٕمیمتۍ
یاد تہٕ ووٗنی کائنسہِ لٲجہٕ ہتدی ہرٛہلیِ واکھ

یُس مےٚ پَنُن آسہٕ اوس، واے وَنۍ کیا
تَس تہِ وُچھم نظرِ نظرِ زٕنتہٕ گمُژ شرٛاکھ

اوس گوٚمُت پارٕ پارٕ خواب وخیالَن
دگ مےٚ کَتیتھ تام وُزٕھ تہٕ ژھۄٹ مےٚ کُنی یاکھ





مَس پریشان خوشبوِیَن کیا ووہ لامہ آمُت
یَس پرژھُم تمٕ ووٚنُم یہِ حقٕ : نوٚو زَمانہٕ آمُت

تیوٚت وقتاہ چھُ اَتھ گوٚمُت ایستادٕ اَز تام
اَندٕری اَندٕری یہِ آسمان آسہِ پِسرٕ آمُت

موسمن اوس وَعدٕ کوٚرمُت زِ ڈالہِ واوَس
کھورچھُ ڈوٚلمُت تٕمِس چھُ کیاہ تام : ووگہٕ آمُت

تُشکلِ کِنہِ ، وُڈوِ کِنہِ ، یَروکِنہِ تہٕ بولہِ کِنہِ بیوٚن
جانوارا نوٚوُے نوٚو : آسمانٕہ آمُت

یَرِ ہٕ کِنہِ اَکھ علامَتھاہ ، خوشبویا تہٕ عکسا
خابٕ امایوٚز بہ جسم و جان اوس پانٕہ آمُت

چھُس مَکانا ڈوِتھ تہٕ شیرِتھ ، شُمالی واوَس
باس تاہم دِوان زَن لامکانٕہ آمُت

زانہٕ مولا نظر نظر اُس کٕنؠ ، وُچھُن بیوٚو
ہوٚکھ ڈٲس آب، شالماٗرن چھُ گاسہٕ آمُت

ووٚنی وُدُن کیازِ وابھ دُشمَن گوٚمُت چھُ پوشَن
سالہٕ اوٚنکھا کِ پاٗنی پانٕے چھُ سالہٕ آمُت

اَرَتہٕ منظوٗرہٕ خوٗنہٕ سرٕی سگ دِوان پرزرس
پانہٕ رٕچھنَس خُداے چھُس بوٚڈ وولامہٕ آمُت



○

ماہنز نہ یوٗد کتھ چھےٚ ژٕنے کانہہ، پتھ کیاہ ونے
آسی اگر تعلُق ژٕٹُن تتھ کیاہ ونے

یتھ پانہ بےمعنہٕ تہٕ بے مُطلب ووٗنتھ
بوٗلِتھ تعشوٗقچ بہ سوٗے کتھ کیاہ وَنے

تلوار چھیتھ نجمٕ اَتھس کیتھ توٗتہٕ کیا
صاحب کُنی چھم تمی سٕنزے ستھ کیاہ وَنے

نظرَن تہٕ قانوٗناگ کھسانے جرُم کانہہ
دِچھ ضربہٕ روٗستے مارُ آ: اَتھ کیاہ وَنے

تمی وُچھ زِ یٔیتھی شہرس چھُ بدلیومُت فِضا
ژوٗل سارےسے دِرٕ تمی کُنی لتھ کیاہ وَنے

کھوٗتھ آسمانس تمَ تہٕ اوٗبرس چاکی گےٚ
زٕہراب کُس گوٗو کیاز گوٗو چیتھ کیاہ وَنے

وعدٕ کوٗرُن پوشن برو گوٗڈ آرٕ ورٕ
آیے تہٕ تس زانہہ کالی اَتھ وَتھ کیاہ وَنے

منظوٗر ازٕ کتھٕ ہِش کڈان آسان چھکھ
لفظن کران آمُت چھُسے کتھ کیاہ وَنے

○



اَکھ خوٗنہٕ ستی سگ مےٚ دِژایوم چھووکمیٚ؟
کیا پوشہِ ڈوٗر اوس! مگر ترییشہِ پوو کمیٚ؟
موٗنمُ زِ وۄن مےٚ از چھُ پہلگام زٕن پیان
اَکھ دردِ شاپہ ووت اگر واتنوو کمیٚ؟
موٗنمُ مےٚ تگیٖ نہٕ پوش کہنی پیٹھ کھٔنٕ زمیٖن
اعجاز کانہہ کوٗرُن قلم آبس بنوو کمیٚ؟
موٗنمُ زِ کرٕنہٕ صرف مےٚ تنقید موسمن
ساراب اوس ناپہ وولر ترییشہِ پوو کمیٚ؟
موٗنمُ زِ ورگہ وۄن زِمےٚ ہیوٗ چھُ ~~کانہہ اکھا~~
کُسے ناوِ راز اوس تہٕ سُے راز بوو کمیٚ؟
موٗنمُ مےٚ کوٗر خطا زِ ووٚنمُ بےوفا چھ لوکھ
اکھ گُل مَران اوس سُہ وٕنی تَو بچوو کمیٚ؟
موٗنمُ مےٚ کوٗر گوناہ زِ ووٚنمُ عشق دِین میون
بوٗزِتھ وُچھِتھ تہٕ وہم پننُ کرٕتہٕ تزوو کمیٚ؟
موٗنمُ بکار کائنسِ نہٕ، سُتھ کانٕہن مگر
اکھ نوٗنہٕ قطرٕ تو تہٕ اُچھن منز بھوو کمیٚ؟
موٗنمُ ڈلس تہٕ ہجو چھُ منظور از بکھان
یوٗد ترییشہِ ہوٚت سُہ اوس سُہ دامانہٕ چوو کمیٚ؟





آنگُنا: پوش: مکانَس تہِ کھُسِتھ بام چھُیا؟
میاَنی پاٹھی ژِ ے خوجا؛ ننگ چھیا: نام چھُیا؟
.... بازرس منز ژٕ چھُکھ نام و نسب ما راوی
کیاز ہتھراے ژٕ بے چھےَ، مبوٗژِ ے کیا خام چھُیا؟
چھُس مُسلمان مُشتِھ خوف خُدا چھُم گوُمت
ہے بٹا وَنسہٕ ژٕ ہتس کرشَن چھُیا: رام چھُیا؟
چھُکھ نہٕ ژھرانٹُل ژٕ اگر تو تہِ وَسکھ دریاوَس
کیا کرے ٹھاک: پرژھے یاد ژِ ے انجام چھُیا؟
یَتھ چھُ آغاز تتھ انجام چھُ آسُن لازِم
رژٕ سبٹھاہ صُبحہِ ترٹِ نی، یاد مگر شام چھُیا؟
بوٗزی تو وعظ: تِمس سرف اَکے کتھ پرژھی تو
خوٗنکے توٗرِ تہٕ خوشبوئیہٕ بَرِتھ جام چھُیا؟
آ- پنن: سون چھُ منظوٗر یہِ دُنیا: لیکن
زادِ بوٗما ژِ نے چھیا، شہر چھُیا، گام چھُیا؟





دۄچھُن بَنان کھوُر دیدمانہٕ : کیہنہ چھِ وَنان
یۄہے زمانہٕ چھُ آخر زمانہٕ کیہنہ چھِ وَنان

یِمَن ترَتِھ وَراتھ سَتَن خزانَن ہنز
یِمَن نَہ اوسَن مگر تیوٗت بانہٕ کیہنہ چھِ وَنان

پکان آو تہٕ اَزماتھ اکھ یۄہے دستوٗر
رِوان خوٗنِ جگرِ کانہہ فسانہٕ کیہنہ چھِ وَنان

یِمی دِژیوو یِمَن باس آسنکے تِموے
کوٗڈکھ سہ شانہٕ یتو تانہٕ تانہٕ کیہنہ چھِ وَنان

بَناں چھُ اسِپ سم قند آسُنک ــــ برٕ ژھوہ
کھسی اگر نہ کھرس باردانہٕ کیہنہ چھِ وَنان

دٕزِتھ وَنان چھِ کیہنہ لکھ اُمس چھےٚ آدمی ترِش
چھِ ییتھ زمینہِ دٕفن کم خزانہٕ کیہنہ چھِ وَناں

مےٚ وُچھ زِنٕلی چھِ گاٹہتی بدَن گولاین ہندی
یہ رحمتھاہ چھےٚ وَسان آسمانہٕ کیہنہ چھِ وَنان

نہٕ پھُٹہ نکےٚ نہ چھُ اَتھ منزراوِنک کانہہ خوف
کرُن چھُ جان نفیتس گُمانہٕ کیہنہ چھِ وَنان

ٹھوٗ، یہٕ پنجہٕ یموکوتروزمینس پیٹھ
کران یادٕ کمن دانہٕ کیہنہ چھِ وَنان

مےٚ نش چھِ صاحبِ کِردار بس تِمے منظور
یمن چھُ میون حسد کتھ یہ پانہٕ کیہنہ چھِ وَنان





باسہے یُس: یہِ چھُم پنُن، تمٲ مےٚ سُہ خواب دیُت نہٕ زانہہ
تمٲ مےٚ کتاب دِرٕ مگر، حرفِ کتاب دیُت نہٕ زانہہ

فصلس اگر چھِ رَے گوٚمُت حق نہٕ تمِس تشِکایتُک
تمٲ تہِ گُڈاَے کرٕنہٕ اَتھ، تمٲ تہِ اَتھ آب دیُت نہٕ زانہہ

تَس چھُ اَکھ سوال یَس، واو ، اوٚبرُ تہٕ پوٚش کیا؟
"رِشتہٕ بنُن چھُ حادثا"، مے یہِ جواب دیُت نہٕ زانہہ

سانہِ شہارٕ پٔرتھ اَکِس: کُلی چھِ کھٹِن پیٚشنٕ ووٚتھ
جانوَرو تہِ ووٚد مگر، کأنسہِ حساب دیُت نہ زانہہ

اوس کھُٹِتھ یہِ ناگ اکھ، دراو یہ توٚن نہٕ کَتھِ کَنَن
یُس وِ سُہ یَس کُنٕ قبل، "پےَ مےٚ جناب دیُت نہٕ زانہہ

ٹھیک چھُ خوٗن آیتن، تھوٚو مُت اوس یوٚد اسی
وعدٕ کرِ کھ سیٹھاہ مگر، کانسہِ حساب دیُت نہٕ زانہہ

ترٛیش مےٚ آس منز اُچھن، قطرٕ وُچھم نہٕ کھور ڈوٗلم
اوس فقط یہِ دل پننٕ اُمی تہِ مےٚ تاب دیُت نہٕ زانہہ

پوٚزنہٕ اگر یہِ آسہ ہے زانہٕ ہا توتہِ کرٕ ونتھ
گوم اثرٕ مےٚ کانہہ اگر تمؠ تہِ ثواب دیُت نہٕ زانہہ

لیکھہ بہٕ خط تمس تہٕ کیاہ، گراوٕ ہتھا، شکایتاہ
اُتھ مےٚ جواب ژ ہ ازٕ زانہ، تمؠ مےٚ جواب دیُت نہٕ زانہہ





جلوٕ چشم آسہِ ما ، وونۍ بہار آسہِ ما
ساسہ بدن منٛے دِرٛ نظر کانٛسہِ قرار آسہِ ما

ییتی منٛے زخم چھِم دِلَس تیتی منٛے راز باوٕ ون تَس
پوٗز یہِ اندیشہِ تَسَ دِلَس توتہِ غُبار آسہِ ما

صُبح پھوٗلتھ وُنوس زَن راتٕ نہ اُچھ نہ چھیس نظر
صبح پھوٗلتھ تمِس مگر، کینہہ تہِ خُمار آسہِ ما

چھُم دِلَس اِضطراب اگر، شہر خُدائے خوٗنہ ژھاے
تَس تہِ حساس دِل سیٹھاہ تَس تہِ قرار آسہِ ما

سبزٕ تہِ آسہِ کانہہ کُنیاہ، تَس تہِ پرٛزھوٗ آتاپتاہ
کیاہ چھے خبر زِ ژھایہ تتھٕ سون بہار آسہِ ما

ہیکہ نہ ژھیوٗتھ تہِ زوٗن اگر فائد کیاہ چھُہ زانٕنے
نار دٔیتُھ وَدان دُن زار و قطار آسہِ ما

چھُم مےٚ پنُن وجوٗد اکھ کیاز یہِ کتھ وٚنم تس
اوس یہِ سوٗنچنے غلط تس تہٕ یہِ نار آسہِ ما

ناوچھےٚ یوٚد برِتھ ژیٚلِھ پانہٕ وُچھکھ یہِ تھوٚیکھتھ
واوِتھےٚ وُتھاکرِن، کانہہ تہٕ سوار آسہِ ما

اَنہٕ وُچھن چھُم کوٚہ ژٕنُن چھےٚ ژےٚ حکیم صابہ برم
یوٚت ہجوٗم گرٕتھتہٕ وُچھ: کانہہ تہٕ تیار آسہِ ما





یُس فسادٲسہٕ صرف واوُن ہُند
کاہہ بھروسا تہٕ تھوو...بامَن ہُند

پیرسُند دوٚپ چھُ بُلاین تھوٚپ؛ یوٚز
آب کھارُن چھُ سَتَن ناگن ہُند

تھوَ لیکھتھ؛ آسی تیٚلہِ شہرکی سُلطان
نیرِ تعبیر اگر خوابَن ہُند

وونی نہ پراران رُحیم[1]، ملر چوان
وونی سہٕ عاشق چھُ فقط خوانَن ہُند

---

[1] رحیم صاب۔

وونۍ یہ بۄزُم سُہ چھُ گومُت منسوخ
نقشہٕ اَکھ اوس مےٚ نِشہِ گامَن ہُند

یَتھ وُچارٕس تہٕ تمُِس وارِیا
رازٕ ہونزاہ سُہ چھُ آسمانَن ہُند

سُے وَنان اوس یَمِس اوذ قہٕ اوس
کوٚرٕ پہٕ سودامےٚ پرٛٔژھن، خوابن ہُند

مُشکہٕ اَنبرٕ چھُ سُہ: منظوٗر گگر
لونچہٕ بَند اَز تہٕ چھُ اَنزانَن ہُند





اُس ژوٚپارٕ خامشی ہتھ مٔنے اگر صدا وَنُم؟
چھُم مٔنے یہِ سوچنُے زِ کرَ، کیا زِ ہتہ کَس ہتہ کیا وَنُم!

آ: چھُ یہِ پوٚز ہتہ حق مٔنے وَن، وارِ سُٹھ ہتہ سام ہیٚتھ
یَتھ چھُ شہر وٚنُن غلط، ہےَ آیہِ چھُ کربلا وَنُم:

ژدیِ مٔتین واوِ لمبکھَن، زانِہ نہ توٚگُم صبا وَنُن
میانٔی نظر چھِنے اُنہِ ہِش، کھوٚت مٔنے یہِ رٕہ یہِ کیا وَنُم

ناو پنٔاہ غلط نہ کیہتہ، توٚب نہ مٔنے تو تِہ پےٚ تَسُند
وَن مٔنے اگر قدم چھِ کھوٚڈی، کیا سَنا ناسزا وَنُم؟!

عدل اگر وَنوٚ ہتہ اُتھیِ، ادس لیٚکھتھ یہِ مِشلہِ پیٚٹھ
کھوٚت مٔنے اَکے خطا یوٚ ہےَ، چھُم نہ مٔنے کانٛہہ خطا وَنُم

کائنسہِ اگر ہَ پَرٛتھ چھےٚ اَتھ، تو تہٕ نہ میاٲنۍ کتھ غلط
نےٚ چھُ تس ابتدا وۄنُم، نےٚ چھُ تس اِنہتا وۄنُم

شیٖن تہٕ تاپھ: پوش، واو! اکھ اکِس اَز تہٕ ژھارٕونۍ
مَعنہٕ کَڈٕنۍ یِمن کڈ، وۄن مےٚ یہٕ کیہنہ بجا وۄنُم

فصلہٕ بَدل زمینہٕ کھُش بنگہٕ تہٕ زَنڈ تہٕ پوٚز چھُ یی
وَنتہٕ ژھور ٹھیکرِتھ" اَتھ تہٕ مےٚ ارتقا وۄنُم"

کوٚر تہٕ مےٚ کیاہ لیوٚکھُم الگ، اصل اصل چھےٚ کتھ اکے
اَکھ تہٕ کُنےٚ خُدا مےٚ چھُم! پوٚز مےٚ یہٕ باخُدا وۄنُم





ہزار رنگ اَسی، کانٛہہ اکھاہ پوٚرُم نہٕ کیہنہ
مےٚ اَز تہِ دن چھُ آے پوٚٹ مےٚ اَتھ لیوٚکھُم نہٕ کیہنہ!
وُلِتھ دُشالہِ تِم پھُکان نار اُسی: آ
وَدُن مےٚ آو، پوٚز چھُ پی مگر وۄدُم نہٕ کیہنہ!
ڈوٚکھ نظر یِمِس تِمِس چھُ سرٕ و ہوٚل تہٕ کوٚل
یہِ ضرب پانسے مےٚ ژوٚل تَس وۄنُم نہٕ کیہنہ
ونیوم: نصف راَژ واوکیا وُداسی ہیو
فقط وۄنُم مگر یہِ حال زانٛہہ سوٚرُم نہٕ کیہنہ
ونُن سمندرس تہِ زوٗنہِ زشنہٕ چھا تہٕ کیاہ
سوال سخ نہ اوس فکرِ مےٚ توٚرُم نہٕ کیہنہ
وۄنُم نہٕ زانٛہہ شرُن چھُ کوہِ قاف پرٕی یہِ بل
اگر کوٚرلُم نہٕ لبُس توٚ ہے خطا کوٚرُم نہٕ کیہنہ
غلط سبق پرُن مےٚ میون کرتہٕ کیُتھ: توٚے
مکرِتھ تُلِتھ بنٛے وایہِ کانٛہہ تہِ کُل نھوٚلُم نہٕ کیہنہ
حکیم صایہٕ شعر چاَنی ملرِ مَس مُدرٕی
خوشامدا یہِ صاف: توتہِ زَن کھوٚرُم نہٕ کیہنہ



کھساں اَفتابہٕ! پانَس ستۍ کَم سنگر چھُ مُشراوان

دُرٛیوٚت نظرَن کرُن لایق عجب منظر چھُ مُشراوان

پتاہ آسِتھ زرِ پروٗنۍ مال چھُس لیکن : یمَن لوٚکَن

ڈلَن چھکھ حبس یِتھۍ زَن بوکھچہٕ سوداگر چھُ مُشراوان

چھُ ترٛوٚیرِتھ دارِ برٛکانسۍ نہٕ زَن زانان یا مانان

صفت تاہم یہٕ چھُس آلوٗدِ موسۍ : برچھُ مُشراوان

اُچھَن اندر چھِ تِم کَم رنگ یِم قلمَن نہٕ ہیکۍ لیکھِتھ

کنَن اندر چھِ تِم کیا راز یِم بُت گر چھُ مُشراوان

اگر کینہہ مٔلی ہیوٚتُن قسمت ہیوٚتُن نۍ کینہہ تہٕ خوش قسمت

خریدارا ہکنۍ زوٚن لوٚراکھ بازر چھُ مُشراوان

عجب! وُچھتوَ! زِواوس دَم گژھِتھ تِم ہیوٚ کھساں آخر

یِتھۍ کانہہ جانہٕ وارا، وُڈنہٕ بایِتھ پَر چھُ مُشراوان

پرٛژھوسۍ شالمارٔس اوسہٕ زانہہ کانہہ شان و شوکت ہیوٚ

وَتۍ گیا! تور زخمَن ہندی کَم دفتر چھُ مُشراوان

کُتھا اکھ یِتھ کتھَن اندر نہٕ وۍ پیداوان زانہہ لیکن

کتاباہ اکھ یمِکۍ سارۍ ورق فرفر چھُ مُشراوان

خُداشاہد زِ نفرت تفر تس ستِن چھے منظور تس

کُتھا؛ کانہہ مُحتیج. یوٚزِتھ سُہ سینَس، برچھُ مُشراوان



خود ساختہ، خود راہ جنابوٚ بہٕ کوٗرُس گیر
منظوٗر یموٚ "نقلِ نوابوٚ" بہٕ کوٗرُس گیر
دوٗن تس مےٚ گوٗہگار، مگر یاہہٕ بہٕ کیا چھُس
سوٗچُم تہٕ وُنزواسیہ جوابوٚ بہٕ کوٗرُس گیر
اُچھ کیا چھےٚ شفق سرتہٕ نظر کیا چھےٚ زردنار
ہے یاہہٕ وَنے کیاسہٕ ژٕے خوابوٚ بہٕ کوٗرُس گیر
رَژھ کھنڈ بہٕ سینوس اَتھ تہٕ منے یانس تہٕ بدل گوم
ہےٚ بُنگہٕ گوٗمُت چھُس زِ کتابوٚ بہٕ کوٗرُس گیر
کانہہ شِکوٕ شکایت نہٕ زِ صحراوِ چھُس آم
تاہم چھُ عذابا زِ سرابوٚ بہٕ کوٗرُس گیر
اَفتاب، سمندر تہٕ ہوا، ذات تہٕ بےذات
چھَم نظر بےٚ سوکھ، کیا زِ حجابوٚ بہٕ کوٗرُس گیر
دِل : ذہن : نظر : آنہٕ قلم : رنگ تہٕ کاغذ
ؤہی یاہہٕ زِ چانہو تہٕ دولابوٚ بہٕ کوٗرُس گیر





عِبرتھ ! وُچھتو پۆرتھ موڑس پیٹھ لۆکَن گآمتۍ ڈھیر
کانِہہ پۆرژھلِنے کانسِہ ژۆکُس چُھکھ ، زَبرُ چھکھا کیٚنہ زیر

اوس لیکھِتھ دیوارس پیٹھ بَس یُتےٚ تہٕ بیٚییہ کہنی
زندگیا (کیا !!) گاڑیا : اِنجَن چاوو پھُٹمتی گیر

گِنداں اُس تکرارس سۆچِتھ ، پھیرتھ ییہ لۆکچار
گٔنی تژ آبسَ تمِ اَسناہ کوٚر ، موٚتُن وۆنۍ گوو زیر

مان تہٕ گاش چھُ آمُت کےٚہہ سوچ مہٕ دوہ کوٚت وۆت
دارِ تہٕ برمثرا وِتھ تھوِیا ، اکِہ لٹِہ گھرِ زانِہہ نیر

ہے دَیہ ! لۆکَن نش مایوٗس مےٚ کرِ تھوٚ پنۍ آش
ہے دَیہ پنُنے چارِ کرُم یُتھ پنٕنی گھرِ گژھہ سیر

عشقَس پیٚیو ویٚتہِ ناوہَوَس ، یِیتہِ گاشَس اِنہ گوٹ گود
ہِموے کوچۍ کوٚہکھ رُسوا ، ووٚلہ ووٚنی والیس پھیر

وٗاہ گرٕز ہیوٗر کیا، داہ گرٕز بوٗن کیا سورُے ییٚتہٕ یکسان
ہیٚرٕ ی من پوٗرٕن ووٚٹھ ییٚنہٕ لایہِ، براندٕن پاٗوِتہٕ ہیر

یاد اگر چھےٚ ماٗتھر کاتھ، تیلہٕ بہ بیٚتہٕ تی چھےٚ ٹھیک
یتھ شہرس نہٕ تصرُف درچھےٚ، ووٚتھ تھوٗدییٚتہٕ جل نیر

یتھ شہرس اندر تم جادوٗگار چھِ اے منظوٗر
لفظن ہوتہٕ پاٗٹھی ہیٚجہِ بدلاون زٕ بر بناون زیر





کُیتھ ہیوٚ سَفر چھُ : اَتھ چھِ نشیب و فراز کِتھ
پکوٚنی چھےٚ وَتھ زِ دُنہِ تہِ چھِ مشکل نواز کِتھ
یم زَن وَتان واتہِ نہ اَفتابہٕ زوٗتہِ کینہہ
سانی شہار تم تہِ چھِ جدّت طراز کِتھ
ظاہر گرتھن اگر تہِ قیامتھ چھےٚ نہ قدم
چھم ژورِ تھاوِمتی مےٚ دِلس منز راز کِتھ
پھوٗرس جواب کیازِ اُمس درایہِ کام کانہہ
سوچ اَتھ سمندرس تہِ چھِ پھٹمتی جہاز کِتھ
تم کِتی خوٗن جگر چھِ یم زَن وضو کران
سُئی توٗ پرَان اَزتہِ چھِ لوٗلس نماز کِتھ
ساز ندر تہِ کھوٗت نہ کھُٹتے طربانہٕ لے
خاموشیا: تہٕ آر: وِزان اُسی ساز کِتھ
ہے اَکھ سُہ گام یتھ نہ چھےٚ کانہہ کول تہٕ ویرواز
پرژھتکھ زِ ہے یہ کیاسہ تہٕ وَننے جواز کِتھ





مےٚ خبر نہ کیہہ تہ مےٚ پرٛژھو تَس، چھُ غلط تہٕ کیا چھُ زبر تہٕ کیا؟
تٔمِس اعتبار نہ آو اَتھ، تہٕ وَنَن بہ طنز ژےٚ مرحبا

چھُ یہِ اَکھ مٔزریہ چھُ چِری گیشا نہ چھُ رنگ اَتھ نہ چھُ نقش کانْہہ
چھےٚ خبر تٔمِس چھےٚ یہِ زندگی، فقط اتفاق تہٕ حادِثا

ژوٚنان چھُکھ زِ چھُ ژونگ اَکھ، گژھہٕ راز پانہٕ مقابلَس
ژٕمرُتہٕ دارِتہٕ برُوٚ چھکھ، توٚ دُنیہک تہٕ ہوا نوا

نہٕ چھےٚ لاگ تَس نہٕ لگاو کانْہہ، مےٚ دِیُن جواب تہٕ ناروا
تٔمِس آسہِ پیوٚشتھا تہٕ غم اَمیک ژٕیہٕ بیوٚٹھا مےٚ وومیچھا؟

مےٚ گُلَن پرٛژھوزِ ہے گُلو، تُوہہِ دوس کُس توہہِ زاگہِ کُس!
تٔمۍ آیہِ اوٚس منٛگہِ زَن ووٚنُکھ، چھُ دِوان کَن بے صدا ہوا

مےٚ زبانٕ بیٚٹھ چھُ مگر زِنہنے، مےٚ وُٹھن دِتم تہٕ تمیک پتاہ
بہٕ دِمے جواب ژےٚ ناوٕہیٚتھ، مےٚ ہِترُسہ چھاسہ لُعجال چھا

چھُ وَنان دوٚب ہیوٚ ییتن چھُ اَز، اَتھن اوس ناگ تہٕ آسہٕ ہیوٚ
یہِ چھُ کرِ یوٚٹھ تیٚتھ مےٚ یہِ خدشہٕ چھُم، مےٚ یہِ داستاں وَنُن تگیا

یہِ دِمَس گولاب تہٕ کُنڈی ہیتھ، دِمَس آسہٕ تیٚتھ تہٕ چھُ زنگ: آ
مےٚ پرُژھُم اگر بہٕ تہٕ سیوٚد وَنَس، زِبےٚ معنیس تہٕ چھُ معنہٕ کیا!؟

چھُ نوٚوی نوٚوی پتہٕ اَز تمَس، بہٕ لرِ آے لاگہٕ تہٕ کیا وُنیتھ
مےٚ تَسُند سرِ مہہ یہِ چھُ پوٚز مگر تمَس اَز تہٕ پرِژھہٕ سُہ میون چھا





تس چشمہٕ آنہٕ ہش چھیہ خبر رنگ روزنا
تعبیر اَتھ وَنَن چھ وُنِتھ کانہہ اکھاہ ہیکیاہ
وَنہابہٕ تس زِیوِش پُرٕژنی کمی تہٕ کیا دِیِتھ
کانہہ دوکھ اَمِیک تِمس تہٕ دِلس کاشِ آسہِ ہا
یوٚکمُت چھُ بزُوِتھ کوٚت، وُنس کیا زمانہٕ از
یوٚدُ اچھ وَرٕتھے تِمس چھےٚ، اَمِیک چھُپسہٕ کینہہ پتا
بوزان اَز بہٕ چھُس پتِی آواز اَتھ اَندر
یےٚ اوس رات تام زِشنیُ یاہ چھُ بے صدا
رِشتن نہٕ اعتبار اُچھومنز آب غاب
اکھ شہر سون ہیوٚ تہٕ زُوٗن کیا مذاق چھا؟
کیا! چھےٚ نہٕ خوف کانہہ ژٕرےٚ، زبان چھےٚ بنیٚ زبان
کیا پوٚز چھُ کاوَنان یہِ کَتھ وَنسا باخُدا
دِل آسہِ خوش: نہٕ زخم تہٕ خوشبوے ہش ژھٹان
تِنیس وُلِتھ نشاط مگر توتہٕ پُرفضا
وَقتس پِھےٚ وٲنس کرٕ وُتھ ہیکہٕ نہٕ کانہہ اکھا
گاہے چھُ ساسہٕ وُہرتہٕ گاہے چھُ اکھ ژُہا
ہمی وون، ہِس یہٕ ہمی وون ہِمس تہٕ توٚہوٚہ نال

یُس وٲنسہ اوس ٹھیک تمہٕ ووٚن ژٕٹو گولاب
دَاہ بہہَ وُہریُس آسہِ اکھاہ تیُتھ بُزرگ چھا
شٕہمَتھ پھُرم پرٕ ژھوم چھُ پرٕ ستھ آہ کیا زِ زنگ
وُن اٲنہٕ چھُم پرٕ ژھاں ژٕ ٹھتھ ٹانہٕ وَن : وَنا
نایاب گوٚو تیُتھ تہٕ سُہ دستیاب گوٚو ہُتیتھ
چھُم بوٗز مُت مےٚ یی تہٕ خبر کیا یُزرِ تہٕ چھا
منظوٗر داستان چھُ یُوتُے نہٕ کَم نہٕ بیش
دٔدی گُل تہٕ باغوان، تہٕ بُلبُل تہِ گوٚو رِہا





پۆزِی چھُ مےٚ پۆز ووٚن تہٕ مےٚ خمیازٕ تُلُم نا
اَتھَن مےٚ اَسُن ترٛووٕ، ژھچم باکہٕ ووٚدُم نا

اکھ رات: سیہہٕ رات، سیہہٕ زوٗن: سیہہٕ روٗد
یُس کانٛسہِ وُنِتھ ہیوٚکہٕ مےٚ سُے قصہٕ ووٚتُم نا

زانہٕ موہٕ مےٚ یم زخم ہیٚنٛزٕ ہوٗی تہٕ اَز تام
راتَس تہٕ دوہَس عمُر دِتَس وعظ پۆرُم نا

اکھ شخص! ییٚمس خوٗنَ اَتھَن لور وُنیکُتام
اکھ جبر: تہٕ تسٔی صاحبِ عزّت مےٚ لیٚوکھُم نا

کیا اوس سبق: تتھہٕ سینیوسا مےٚ پرٛژھا تَس؟
یتھ کُن مےٚ وَن پرٛتہٕ تتھی کُن مےٚ پۆرُم نا

دَب لوگ مےٚ تمی یوت اوٚسا پام دِمس کیا
کیا پۆزیہٕ چھُنا. پانہٕ مےٚ پانَس تہٕ اوٚسُم نا

یتھہٕ ستی چھےٚ وابستہٕ مےٚ اکھ یاد وُچھتھ وُن
سُے زخم ٹھوٚوُم تازٕ تہٕ تتھی کرٛول تُلُم نا

اکھ تازٕ روایت تہٕ نٔوی لہجہٕ توٚی لفظ
منظورِ یمن ہندٕ مےٚ آغاز کوٚرُم نا!؟





شہس کران ششر گانٹہ کتھ نہ کرنہ دوان
دِوان روزنہ زِندے نہ کانسہ مرنہ دِوان
یہ زندگی چھنے وِتھا: سرنی ییتھن ووگنِ ہیوتنس
نہ پھاٹہ وان نہ کانسی اپور ترنہ دِوان
خبر کسنز چھنے تس آش اِنتظار کُنند
تُوے چھُ دارِ سُہ ترڈ پران، توتہِ برنہ دِوان
سُہ لفظہ کُنز چھُ ییتھن طِلسم خانن ہُند
سُہ نفط ویود چھُ اَما پوز سُہ کُس چھُ سرنہ دِوان
زمانہ اوس: دِوان آسی سرتہ سرنہ وَنان
زمانہ از چھُ: کرن فاش سرتہ سرنہ دِوان
مئے ہول چھُم زِبہ لوس ہزار بر ہا لول
ہزار لفظ ذِہن، حرف مُعتبر نہ دِوان
تِمُس خیال چھُ منظور میون: پأری لگس
تہ ناگہ راد یِمن چھُمنہ موختہ جرنہ دِوان





ہرتھ پیمٕہ یہٕ مےٚ یُتھ کرٕوٕتھ اِضطراب مہٕ تھاو
غلط مہٕ کر مےٚ اَچھن منز ییٚتی خواب مہٕ تھاو
مےٚ وُچھنہٕ دِم یہٕ زبرٕ زرک شہر چھُ کُیتھ آسان
قبوٗل چھُم مےٚ یہٕ صحرا ژٕ اتھ سراب مہٕ تھاو
دِلے پرٕکھ تہٕ یقین اَز تہٕ چھُم وُچھکھ اسرار
تُلتھ بہٕ طاق ژٕ لوٗچ ییٚنٛز کتاب مہٕ تھاو
ژٕ پانہٕ وَن زِ مےٚ ستٕن ژٕ ے چھُے نہٕ رشتہٕ کانہہ
وِہ پرٕ: وہ پرٕ چھِ تمن نشْ مگر جواب مہٕ تھاو
ژٕ ے کُن بہٕ آس، تہٕ صحرا نشینہٕ! امایہ پوٗرٕت
مُترٕ ژٕ مشک ییٚنٛز بس: گھٹتھ ژٕ آب مہٕ تھاو
وُنٕ ییٚیم مےٚ فقط مُکتی لُکن عالم
چھُ بوٗڈ عذاب: خُدایا مےٚ یُتھ عذاب مہٕ تھاو
دَزکھ تہٕ کیہنہٕ تہٕ ژٕ ے حاصل یی نہٕ جُز واراک
چھُ لوٗکھ شین وِلتھ ... ژوٗرِ آفتاب مہٕ تھاو
یہٕ تھَو لیکھِتھ ژِ مےٚ دل اوس لول سرتاپا
ژٕ میانِ ناو لیکھِتھ اور کانہہ ثواب مہٕ تھاو
خُدایہٕ میانہٕ: وَنان اوس بس ییٚتے منظوٗر
مےٚ ژھرا تھ چھم نہٕ ژٕ وولرس مےٚ گرداب مہٕ تھاو





پھر ستس پننہٕ اکھ شان لگے
اتھ پیٹھ ان ایمان لگے

اسنس گرتھ وانج آسنہٕ — اوش ہارن آسان لگے
انس تامتھ مشن ہوان — اسی چھ رتھی نادان لگے
دستارس رب: ادا سہٕ کیا — اسی گیہٕ اصلی خان لگے
گمژ ییتہٕ چھے اچھیٹن گیڈی — ہاون نہٕ یمن پان لگے
ونہے دائی ژونٹہٕ گرٹھن — اوس کمس عرفان لگے
واوس ذات نہ رنگے کانہہ — نے چھس کانہہ ایمان لگے
وتھ ما اورچ یور گمژ — شاید میٕے باسان لگے
لفظس پھہہ دتھ معنہ رٹھن — سیٹھے کم زانان لگے
باز یمن کر گندن توگ — اسی دوہے ہاران لگے

منظورن وون منظورس
کس ستہن کس زان لگے





رنگ رحم تہٕ یوٚد کرن، نیر نتیجہِ اَچھ مَتَن
اورِ اگر مَتیِیہ اَچھ، فاش تمام سِر گرٛھن
کھور اَسی سُہ ممبرس، کَن تہٕ تھوٗن اَسی چھُ تس
ووٚنی چھِ حُکم تسٕنز کَتھ، مانِ تہٕ: سَر قلم گرٛھن
پوش کھٕنن تہٕ بَر ہوا کانہہ تہٕ نہٕ اَتھ چھےٚ صوٗرتا
تھی تہٕ چھِ صاحب ہوٗز، یم یہ کرِتھ نہٕ کَتھ کڈَن
شکل تُھبس اَگرچہ ژٕ، عکس تہٕ گوس آیہ بُرزی
دِل منزٕ دُوٗنیم گوٗو مگر داغِ نیٖرٕ نہٕ گوٗو بدن
رسم، رواج، فلسفا، عشق بذات خود چھُ کیا
اَتھ نہٕ جواب دیُن سہل، زبو تہٕ مُنزر تہٕ پَر دَزن
پیر! یہ ہدیہِ، شکریہ، پیر! عمل، ژکُس تہٕ کیا
چھےٚ ژٕنے عمل بہ خوش تھوٗن کیاژٕ سنن مسائلن
آمنزٕ ووٚن، آفتاب چھُم، سایہِ دِوان خواب زَن
برعکس اَتھ سبق چھُ یُس گرِتھ تہٕ سُہ پرِتہ عاقلن
پھرستہٕ: ژٕنے کیا ژٕ لانز ہبوٗ سایہِ ژٕنے چھےٚ نہٕ پھَل ژٕنے چھے
باگہِ ژٕسانہٕ باغِ آکھ، یا تہٕ اوٚنکھ ژٕ حاٗ دِشن
خوٗن جگر دزان چھَک، تم چھِ گمی تہٕ پوٚز چھِ یی
سیر گمژ چھےٚ شاعری، ڈھیر گمنٕ چھِ شاعرن



اَزتہ کتھ سوے، دُشمنُت سُے: سوے رذالت، سُے دَغا
پہرازنامت فراتن ازتہ چشمن کربلا
آخر چھیم کمٚہ کھوٚرن تل ترٛووکس دستارسون
کُکھ چھ بے حس: بس اَوے کِنۍ اکھ تذبذب چھُم، وَنا
کیاہ ووٚنتھ: پوشن کرواُسی پھاس واوس کوٚرتھ مو
ناوبدلاووڈلس، یُتھ سوچتِس واحسرتا
نامہ لیکھے بس اَکےٚ اندیشہٕ چھم کیا دِکھ جواب
اَتہٕ پھِراوک نہٕ، لفظن زیوٚرکلھ، ممکن چھُنا؟
نیرکیاہ پنچاٹھ لاگِتھ، دزنہٕ نِش وَن کیاہ سعٚ
ناگ تھوٚی پاَزتھ اَسی، تاپِس مرحض کھاَو خطا
ووٚنی گھرس تامتھ کڈنی بس کینہہ قدم، تسلی دِلس
اُسی چھِ تتی تھٕے اَسی نیتِس، کانسہٕ کانہہ انداز چھا؟
صاف پاُٹھن روٚدمُت پانس چھُ پانے برٛم یِین
وَرنہٕ اَنس مُتشنہٕ ہاوٕنی: سوٚچتو ممکن یہ چھا؟
آب چشمن منٛد موٚمُت زَن تُتھین ڈوٚل اعتبار
کرٕ زکیاہ: تتہا بہُن بہتر، تہ اَتھ کانہہ حرج چھا
واوِ چھُ منظوٗر، ازباغن دلواٗرن تل بہتھ
ووٚنی چھِے سوچُن کام شہرچ یِمی فقیرن دِیت صدا





یہکہ یہ باسیو واوس زنہ اکے واچھ
رٲود دِتھ افتابہٕ کس خبر چھےٚ کتیتھ ڈاچھ

سون شہرٕ اکھ عجوبہٕ : تاج محل ہیو
اتھ چھُ صِفت ، اُتھی کھسان ترٛولِتھ تاچھ

اَسی جہلہٕ لوکھ : بسٕ ہلاک کرےٚ یوکھ
اوس گوسأنیا کران سرسوتی جاچھ

دارِ اگر شیشہٕ پھُٹ نہٕ شور بیا گوو
شیشہٕ دِلُک پھُٹ تہٕ بوزٕ کأنسہِ تمیک کراچھ

سانہِ ووتلِ ہامہِ زندگی چھےٚ عجب ذات
یسٕ نہٕ قدرے اوس تس تہِ زورٕ ہیوٚنکھُ ناچھ

تھاوِ یمن کتھ ہکنہٕ شُمار کننِن منز
یم تہِ چھِ کینہہ شاہزادِ ازلہٕ لگتھ شراچھ

لیوکھ یہ جچھو یم گوناہ گار ، یمن کیازِ
تگی نہٕ رٹنہٕ پوشہِ نوٚل ، تگی نہٕ کرٕنی پاچھ

کیاز و چھتھ زیےٚ یوان چھُم مےٚ مترٕ ہیو
چھےٚ قُتیٚ گنبدِ اےٚ گولابہٕ فتہٕ تہٕ پیومُت شاچھ

تس تہِ چھُ منظورٕ چأنی پاٹھی الگ سوچ
تس تہِ گمٕ خأبی اُچھ تہٕ تس تہِ بہتھ شاچھ



اُچھ وُٹھِ اوُسس تہٕ زاہنہ
ہُتھ ژِھس پیٹھ آفتابَس زانڈُج
دارِ مُژرِم یتھ دِلَس وُچھ نوٗرہٕ سٕری افتابہٕ گوو

حال پتنِی باوٕکَس
اضطرابا چھُم تہٕ ناوس تراوٕکَس
دأغی چھِم سورُے یدَن گومُت تہٕ وُنی توٚ باوٕکَس!

کَس اُکِس مُژرِتھ چھِ کَن
اَزڈلَس آبِ زُلالَس ہاے ژَن
واتنا وُکھ پایہٕ اَتھ حالَس ژٕلے جانانِ مَن

گاشداہٕرے اَزچھِ اُنی
زانہٕ مولا کَتھ دِوان اَزتام وُنی
وقت بدلیومُت : طرف پھُرِ میتھ کنِین گمُت چھے تھنی

یَتھ زمانَس کیاہ وَنوَ!
کَتھ کرَوانکار اُسی کَتھ کَتھ سَنوَ
حرف سارٕی کٲلۍ گمٕتؠ، مہمل چھےٚ اَچھ اُسی کیاہ لیکھَو

بی نہٕ وَنُن تی کرُن
پوشہِ کُلین دٕروتھ دِتن، ہیش پھرُن
زخم دِتِن، نوٗن چھٲکُن، دَگ تہٕ تُجِن اۆش ہۆرُن

کمانَن تیر کھاٲرِتھ چھی۔ کَرے کیاہ
بہٕ چھُس ناحق نمک گومُت، وَنے کیاہ
پھٹان اَفتابہٕ یَتھ شہرس چھُ ژھایَن
بہٕ چھِٹھی لیکھہے مگر وَنتم لیکھے کیاہ

ڈَس کمہٕ دُشمنُت کوٚر ؟
یہِ کُس زَن یاٗنی یانَس سوٗچیتو پھوٚر
وَسان ازخوٗن آبَس کیاہ تھوٗوُس وٗنی توٗتھی ٹھوٚر

مےٚ چھا فریاد کوٚرمُت !
اگر کوٚرمُت مےٚ چھُم ، شوٗبِہم غُلاٗمی
دُنییو دِ مےٚ یِتھ شہرس پھٚنے وابھن ترا ے ڈٕجِھ ! ؟

چھُ پوشُن زُو ہرتہٕمتی
چھِ ساٗری ناگہٕ بَل زَن تریشہِ پیمتی
کھوٗ زَن فصل کھیٚمتی آگُلبو زَن شاخ بریکھِمتی

اَہرہٕ بَل تہٕ ناگہٕ بَل
سیوٚد سڑک سرتا بہ سر دَرہٕیچ تہٕ ژَھل
کَس پیٚژ ژھوا اُتھ کیاہ سبب اُتھ کیاہ چھُ حَل

جُرم گوٚو کَم کَم بھَسَن
وُنی کینہٕس ژَھل اسی کرو مُشرِدو زَن
لیکھ وقتی ویرناگس ماٚلہٕ کوٚر کمہٕ کمہٕ بَدن

تمِس زعما سُہ درویشا : تہٖ کیٚتھ ہیوٚ
تمِس ریشا تہٖ بوٚڈ کھیشا : تہٖ کیٚتھ ہیوٚ
خبر چھُس پانہٕ ہے گُدران کیاہ چھُس
تمِس اَندرٕ چھُ اَندیشا : تہٖ کیٚتھ ہیوٚ

غبارو گرد ، تابکہٕ تاوٕ نش : آ۔
ملالو ، بلٲ تہٖ اَپزٕ چاوٕ نش : آ۔
دلِس ستھین مےٚ کوٚرمُت چھُم اَکھ عہد
بہٕ تھاوَن شوٗژ : نیبرِ مہٕ واوٕ نش : آ۔

وُنہٕ داندس تہٖ اَز انسان : طوٗفان
وَنُن کَنٛڈِس گُلِ خندان : طوٗفان
ضمیرس کھش کٔرِتھ ہلاف رٔوِس
یہٕ گوو طوٗفان بَس طوٗفان : طوٗفان

لعیٖنَن خود سرَن پوشوَ نہٕ اُسی زاہنہ
یمَن دِل کھوٚلٕ تمن پوشوَ نہٕ اُسی زاہنہ
چھےٚ یم 'نٲری' مگر باسان 'نرَ' ، زَن
یمن جودو گرن ، پوشوَ نہٕ اُسی زاہنہ

وٚنیومَس ہے مَسہ پَرٕ اُلف، دالَس
وٚنیومَس ہے مَسہ وَن داغ خالَس
دُتٕزیوٚت اوٗسُس اُچھَن گوٗمت کمیُک تام
سُہ ییٚو: تَس نظرِ ٹیٚنگے آو بالَس

کرُن زیرو زبر تَتھ زَن ہَرج کیاہ
ہَواوس ہیٚتیٚن خبر، تَتھ زَن ہَرج کیاہ
مگر زَبرے چھِے تھاوٕنی یاد اَکھ کَتھ
وَنُن زَبرس زَبر، تَتھ زَن ہَرج کیاہ

چھُ دعویٰ تَس سُہ اَکھ درویشِ کامِل
سُہ اہلِ تقوہن اَندر چھُ شامِل
یہ خوش فہمی سراسر بے سبب چھُس
پھَرتھ ماعل[۱] وَنُن پانَس چھُ عامِل

---

۱. ماعل چھُ کاشرس منز منفی معنین منز مستعمل

○

مےٚ ووٚنمَس : کمہٕ ووٚنے چھُکھ پرٛون مہراج
اَنِہ اندر ژھُچک بَس کون مہَراج
چھِ پانَس بد دُعا پانے پَننہٕ تِم
ییٚمو ووٚنہَے "ژحف چھُکھ سون مہراج"

○

پھےٚ کاوِس پأرِ سُند اندازٕ اے وا‌ے
ہٕٹِس اَندر چھ بگرِس سازِ: اے واے
وَنُن چھُم یِ: ستمگر چھم مےٚ حالات
دَباوِنہٕ چھم دِلچ آواز : اے واے

○

سُہ گوو متہٕ اژدہامس غأب اے واے
سُہ انسانا نہٕ زَن صرف اوس اکھ ژھاے
فرِدا سِتھ ییٚمِس وَنہَو یہ گوو فرد
سُہ وُچھہَن کاش اَچھَن پھٹہٕ مےٚ چھم لاے

○

تِمُس روٚیَس گوٚلأیک رنگ ہیوٚ اوس
گُمان اوسُم تِمُس دِل آسہِ گُل ہیوٚ
ذرا توٚ چھمُس پتیمُ شُہَہ گوم پیَتھ کُن
سُہ اُندری اوس ہوکھمُت درٛونٹھ کُل ہیوٚ

دِوان الزام : تیزی چھےٚ مزاجس
وُچھانی چھُکھ نہٕ کیا گوو پیش یا پس
غرض چھُکھ پانٕی پانٕے زٕلو ژٕٹن گوٚژھ
غرض چھُکھ بس گوٚژھس آسُن پہلے بسَ

لغت چھَس یاد از بر خر دماغس
توٚے کتھ اصل کیاہ : پتہٕ ہے نہٕ کیہنہ چھُس
چھُ لفظس دِل ، دِلس متر اضطراباہ
لغت کیاہ چیز : دِل تابع چھُ لفظس

رٕوُد سوچان صرف یی از تام
کَس وَنو کرٕ وَنو نہٕ کیا ، کیا ووٕنی
کتھ تمِس آس دِلچ وٕنِتھ گرٕتھو
بوزنٕس تَس مزاجہٕ آسیا ووٕنی

تَس خبر آس وقت بوڈ چانگل
اکادٕمی گر آسی تھےٚ گیس گانگل
بَس اکے پوٚت نظر درٕٹھیہٕ ین
پھیور پوٚت : نالی آس تَس : ہانگل

○

تَس یَنُ اکھ گُمانہٕ اوُسُس نا
سُہ گُمان دیدمانہٕ اوُسُس نا
تَسی خطا کیازِ اَسی چھِ کھاران اَز
ستِہ سورُے زمانہٕ اوُسُس نا

○

خبر چھَم "سارچ" دعویٰ زَبَر اوِس
مگر پوٗزی سُہ سٮ۪ٹھے بےخبر اوس
ونان یُس اوس لُوکَن قسمتچ شیٖچھ
سُہ پانے رزقہٕ بایِتھ دربدر اوس

○

دوٗنُن کیا زن زِ پوٗز گووعاںہٕ اقتاب
دوٗیُن کیا ناگ گووسُے آسہِ یتھ آب
یمَن رم رَن چھُنا زانان کانہہ اکھ
گرٕھن کیا خواہ مخواہ سۆچِتھ مٔے بےتاب

○

تمِس بازی گرِس تَس کار بارِس
تمُس دوہ ن دُنہٕیَن ہٮ۪ندِس بچارِس
پٔرزھن تسٕی واتِہ نا بٔرم کیازِ دُیت تمی
تمی ووٗن ناسہ یک رنگ اصل ہارِس

چھُ مولا صاحبِ اسباب واللہ
دُعا پرِتھ کانہہ کران ایجاب واللہ
ذراسا صبر، تھوڑا سا توّکل
فقیرس سُے کران ارباب واللہ

مےٚ ووٚن تسَ: یُتھ یہٕ چھُس، چھُس بندٕ چوٚنُے
سوا ژےٚ کانہہ نہٕ مےٚ معبوٗد موٚتُے
یہٕ اوٚسُس بے بضاعت چون احسان
ژےٚ شیوٗر تھ میون پھوٚرِ مُت ڈکہٕ لوٚنُے

گرا باسان چھُم اکھ دوستا ہیو
گرا باسان چھُم بسَ آشنا ہیو
مےٚ باسیوی یہٕ زانہہ ووٚپرا چھُ کُنتام
سَدا باسیوم بسَ میوٚنُے خُدا ہیو

خُدایا، داورا، عالم پناہا!
خُدایا دوٚن جہانَن ہندٕ ربا!
خُدایا: آسرا چھُک میون بسَ ژٕے
خُدایا: پوٗرٕ کرَ ژٕے میانی مُدعا

دِس دِم صبر، چشمن سیر چیشمی
عطا ایمان کرُم کر کبریأیی
پتاہ چھُم چھم منے عصیان یار لیکن
غلط چھا کیہنہ چھُنا ایمان عطائی

بھروسا، اعتبارا، اطمنانا
چھ بے معنی لفظ، مہمل فسانا
یہ کتھ واللّٰہُ اعلم کمی منے باوِم
زمانا گوو چھُ آمُت نوو زمانا

وَنیوہم: کھیوٚن تہٕ چوٚن، کم عاشَ آرام
بہتھ رُوزِتھ کماوُن "دام ہی دام"
فقط زے شرط: دندن تَل تھُوٚنی زیو
دوٚیم قلمس کرُن یکبار نیلام

سیمے آسان مُرِتھ کانہہ دوست بلسان
سیتھے دُنیا یوان اُتھی چشمہ بدلان
یہ واضح اکھ حقیقت اتھ وَنِ کیا
بڑتھ یُس باہتہ ٹاسُر، ٹاسُر آسان

○

وُنیومکھ ہےٚ گلو یاٚری مَہ لاگِو
ہَواوس تا قیامَت تھٔد نہٕ پوٚشِو
بہٕ وقتِ صبح؛ کَتھ کیا ماہَن میاٚنۍ
دُیہرس آسی باسان "زَنتہٕ" گل چھو

○

زُوُن کیا یَتھ نہٕ کانہہ مطلب نہٕ مقصد
مرُن کیا زانٔنۍ کُس حد چھُ لاحد
کرُن کیا خوش ہَواوَن یوٚرِ باغَن
اگرِ دِل آسی زخمن ۂندۍ مرقَد

○

فقیرا وُچھنہٕ دُنیا دار کوتاہ
اما ما کیُتھ خُدا بیزار کوتاہ
قلَمکارا تہٕ لفظن مَعنہِ بدلان
پریتھ اکی بَدلوومُت کردار کوتاہ

○

ووُنکھ ناٛ کیا وَنٕ کَتھ: وار سمجھو
ووُنکھ: بوٗزِو اگر کوہ پھیوٗر: سوٗچِو
وُنِو کانہہ کاٚنہِ اکی بدلاٗوِ فطرت
کرِو اِنکار تتھ: ہرگز مَہ ماٗنِو

محبت نغمہٕ وحدت چھُ بااللہ
محبّت سایہٕ فطرتِ چھُ بااللہ
محبّت دون جہانن ہُند آسُن
محبّت پانہٕ اکھ قُدرت چھُ بااللہ

ماٲذِہرِ آسِہکھ اگر کتھ میانٲی
بے وطن یِم گلُالہ مأ گژھہن
کٲمی وٕنیونکھ زِ برزیش لُہرو
یِم نِنی تاپہٕ سِتی ما دزِہن

شین آسان اوس دارِہن تام
ٲکھ مناوان آسی عیدا ہِشی
ہوکھ سیٔناہ، چاے، کانگرا، کھبن چپن
وائے تِم: زندگی تہٕ اَنٕی ہِشی

ناو تٔمی سُند جانوارس اول
ذکر تٔمی ستر بے قرارس بول
یس ہٕ وٕنیخ ضرور تھٕے بالکل
صرف سُے اکھ چھُ میون بوزنٕ وول

---

۱ـ تِم بوکھ

سوچ پانٔے مٔے کیاز کوٚر اعلان
جنگ کرنے بہٕ ہار چھُس مانٛتھ
یہ چھےٚ لنکا سٕری دوٗنزاہ گرٛ
کیا نصیحت کمٕس تہٕ کیا زانٛتھ

بازرٕچ کتھ مٔے: میانٛی بازارس
سُے چھُ واللہ ڈاکہٕ وولاہ ہیوٗ
کتھ چھُ تاران زَن چھُ موٗک تاران
صاف باسان ساد وولاہ ہیوٗ

عالم بے بدل چھُ، دُعا چھُس
تس نِشہٕ پرٕتھ اکھا چھُ کُنِتھ تے کُس"
بس ذرا سا مٔے دیُت تمِس نِشتر
زنتہٕ پھوکہٕ ڈوٗن اوس تس گووپھُس

دین دارا تہٕ دینہٕ نِشہٕ بے زان
علمہٕ وولا تہٕ علمہٕ نِشہٕ انجان
نخوتا؛ زن دوٕ زٕم لباس تمِس
تس نہ پتہٕ ہے چھُ "عارضی انسان"

○

اوس وقتا : تہٕ : ناز بردارا
اوس مُہما : تہٕ : لسَن اَنکےُ یارا
نیوٗ ہواوَن سُہ کوہہِ قافس پیٹھ
اَکھ خبر : گوو بُنِتھ سُہ اَخبارا

○

ٚششِ پھُٹ : ٚماس گوو تہٕ سارِوے لوٗز
اَکھ کتھاہ توتہٕ راز[۱] لایق[۲]، روز
کأنسہِ دِل پھُٹ اگر تہٕ اَندری پھُٹ
تسلیکِ تسَ زِ حرف کُنہِ کرِ سوٗز

○

کھُرِ ی شِکمن دیتک چشمن لجِک زال
سرس تھاوے یہ، ووٚنی گمتی چھِ پامال
یِمو کوٚر نالی پانَس پانہٕ دُنیا
یِمو دِژ ووٚٹھ تہٕ گےٚ غرقِ زر و مال

○

چھُ دُنیا نارِ دُریاوا تہٕ سوٚن گوٚن
لگُن اَتھ تار چھا آسان آسان
یِمو دُنیا پرستوَ بے حجابوَ
یِمو ہیوٚتھ نار مُلی پھرِکوو ایمان

---

۱۔ مرحوم راج نران راز ۲۔ یاد کرنس لایق

○

اَتھَس اَندر چھُ زَن اَکھ آئنہٕ ایمان
پیٛوٚوُے وٚسی پھُٹ پتو افسوٗسِ روزان
اگر کانٛہہ راٗچھِ در آسس کرِس بٹھیچھ
یہ کتھ زانان سُے یَس آسہِ عرفان

○

چھُ رَنگن ہُند اَکھ بازار دُنیا
بہ ظاہر سادَہ، دُنیادار دُنیا
ژھلا، باژاہ، فریبا، تاپہٕ ژھایا
چھُ واللہ سَربسر آزار دُنیا

○

تمُس کیا آسیا کانٛہہ احساس یا غم
تمِس کیا زانہٕ تُے گُزران کَس کیا
پیاٗمُت چھا کہ ساٗدِروار چھا کَتھ
ژھینٛٹھِن یا نَ لبُوِن یَس کاٗم، تَس کیا

○

وَنَن: دولت چھےٚ اَکھ مورِدار چیٖزاہ
نہٕ چھس کانٛہہ پایہِ داٗری تُے پھروسا
پوٗرِن وعظا غریبَن زیٹھِ زلیوٗ ٹھےٚ
پتو وَنٛگھ وُتھِولِوِن کاٗنسہِ کیٛہنہ چھا

بہٕ چوُس پانہٕ تمٕ تیتھ مۄبتنک مے
بہٕ کیاہ چھُس: وُچھ مےٚ پانس لوگ پنٕ پے
مےٚ وونی باسان پرتھ کانٹہ شاہ پننٕ عکس
وَنے منظوٗر کیا ڈے گوو مےٚ کیتھ دے

سبق یدہ ہے مےٚ پرٕ ہتی اَسی ازتام
خبر اَسم نہٕ کینہہ واوس چھُ ہاوس
بہٕ سگ نۄنگ دِوان اوسُس گولابن
لگن: اَسم خبر کیاہ یم تہٕ داوس

شلس اکھ رشہلتھا اَلحمدُاللہ
دِلس محبت عطا اَلحمدُاللہ
خبر کانہہ گوناہ ماروز کرتے
مےٚ چھُم خوف خُدا اَلحمدُاللہ

مےٚ تیتھ تسلی دِلس دُتیم مےٚ باسان
متاع ظاہری وَاللہ لرتھ ہِش
کریما، داوارا، ربا، رحیما
مےٚ ژرے ییٚتھ چھم یرتھا یوسہٕ ژٕن چھنے پرتھ ہِش

○

یِمِس آسی نہٕ قدَ سُے گوو قداوَر

سُہ یُس کھوژان قطرَن سُے شناور

چھِیتھ طوٗفان ممکن ینِ ییتی یاَتی

تلگ بیٹھ صِرف یَتھ شہرس سراسَر

○

عطا منصب کوٗرُکھ نا نابکارَن

وُوٗنکُ نا پیرِ کاَمل جاَدیِ گارَن

ییتِن آبےِ نہٕ آدم زادَ آسی

چھُ کیا شِکوَے اگر تتھ جایِہِ مارَن

○

تِمُس زِوہ مُدک چوغالاَ گِتھ چھُ زیُوٗ ٹھُے

تِمُس پرِ ستھ کانہہ موٗدُر پرِ ستھ چیز میوٗ ٹھُے

کوچھے اَندر وُسِتھ کھوٗت سیوٗد سُہ درس

پِہ اکھ مرحل تہٕ تِس یا سیوو کریُٹھُے

○

بہٕ اوٗسُس تسَ وُچھن زَن آفتابسَ

یقین اوٗسُم سُہ چھُم تعبیر خوابَس

تمُ کھاَرِتھ بہٕ باَلَن پھاَٹنوٗس

مےٗ وُچھتوَ کِتھٕ کُنِن کُل کھوٗت نوابسَ

عجوٗباہ! یِتھ نہٕ کانہہ گنٛڈے نہٕ اَندٕے
مکاناہ یِتھ نہٕ دٲیوٗنےٚ کانہہ نہٕ بامے
رُٹِتھ روٗزِتھ چھُ کُس یِتھ کائیناتَس
خُدایا، خانقا! بَس اکھ، سُہ چھُکھ ژٕے

یِمن ہوٗرٕ چھُ زِ آبس تہٕ یِم کرٕن تجسیم
چھےٚ حرفن زان یِمن معنیچ نہٕ کانہہ تعلیم
یِمن فسادٕ دِلن منٛز تیُتھ بڑِتھ: اکثر
گرٕ ژھان خدشہِ زِ یِم کھ اکس کرٕن تقسیم

مےٚ وٕژن نہٕ فاصلہٕ چھُ بادم وٲر لگنک طے
مےٚ وٕژن نہٕ زانہہ یہٕ زواچھِن دِلن چھےٚ ژٕ تم کھے
کرٕن شُمار چھُ آسان حسرتن لیکن
چھُ سوٗن وٕہ گُن نہٕ کہنےٚ خواہشن نہٕ چھُکھ کانہہ پے

یہٕ چھا حجاب، یہٕ چھا آب یا سراب یہٕ چھا
یہٕ دیدمان تہٕ کانہہ چیز یا تہٕ خواب یہٕ چھا
سمندرا چھُ سوالا: ووٗنِتھ زبر، لیکن
مےٚ یِم سوال ژٕ کرِ تےٚ تِمن جواب یہٕ چھا

ژٕے رات : رات ؛ مگرناو تھووتے کٕمی : کرٕ
ونیوے کٕمی رٕٹن افتابہٕ دامنس اَندر
وُچھتھ ہیکَکھ نہٕ ژٕھنے ووٕنی ژٕ آفتابس کُن
سُہ نیرِ تھے نہٕ ہیٚکی یُس دِس ژٕے چُھے سٕشرٕ

دِوان زدیون چھ آبس خبر غرض کیاہ چُھکھ
وُنِتھ ہیکو نہٕ کہنٛی کُس تہٕ کُنیتھ یمن پراہ چُھکھ
نہٕ یارٕ سے چُھ پتاہ کیہنہٕ یمن تہٕ کیہنہٕ منٛے
یمن لُکن تہٕ گوٚمُت اَندری کربلا ما چُھکھ

فقط وعظ : عمل ، اَللّٰہُ اَکبر
دِلن چُھک صرف مَل ، اَللّٰہُ اَکبر
یہ رہبر چھ تِم : یٚتھ حیلہٕ ژھانڈتھ
کرن پانس تہٕ ژھل ، اَللّٰہُ اَکبر

بُزرگو نِش چھ اُسی بے زر ، یِزر چھا
چھےٚ حالت تِہند نِش بدتر یِزر چھا
یِزِتھ لیکھتھ چھےٚ یِروٚنی ناوِ گاٚمتٕ
ہٕکنہٕ اِنسان چھ در بازر ، یِزر چھا

چھُ ایمانَس تہٕ ووٕنی سَپدان سودا
کرُن اُتھی یوت ووٕنی آسان سودا
پھران اَز مول نیٚچوٗس، نیٚچوٗو مأیس
زنبان ہیٚتے چھُ اَز کل جان سودا

ژٕ چھُکھ مہمان زٕ وُ چھےُ آیتَن ژیٚیے
رِواتَن میأنی خوش قسمتھاہ بٔ
ژیٚے پرأٹھ قلف لٔوٹھ میون عزت
گرٹھی کتھ کٔنی گوناہ یتھ بار زانہہ گے

یمَن شاطِر لُکَن زٕنو زیٹھ آسان
اَندری آسان چھکھ کَم فِتنہٕ ووتلان
بُتیٖچ کتھ یتِھ تنَس، ہُمی سنز یمِس نش
بہ ظاہر یم شریف النفس باسان

یمِس کُن ہاوِتَس تِسی روتبہٕ کھاران
اگر مطلب تہٕ یأ غمبر تہٕ مانان
زبٲل تیٚمِتھ: تیٚمِتھ فسادیا، تیٚمِتھ مکارا
ہمِس پٔزی پأٹھی کھوژان اُسہٕ شیطان

وٕنان اوٗسُم دوٚہے اَکھ چارٕ گاٹُل

مےٚ رٕوٚس ساری ییٚمِس نِش اَسہِ بس چارٕ

ژےٚ ہیوٚ ڈیوٚٹھمُ پٔنہٕ کانٛہہ عالم تہٕ فاضِل

چھےٚ شوٚہرت چانہِ اخلاقُک زٕوٕ وا پارٕ

مےٚ حضِ کیہٕ ووٚگتہٕ آمُت چھم کرُم دوٗر

بہٕ روزٕ اَکھ غُلاماہ ہیوٚ لگےٚ پارٕ

ہِپیدٕ تمِ ووٚگتہٕ حَل تُس بارگاہی

تِمِس ووٚنی میون کُنُ لگی ہتہٕ چھٕ زٕنٛ تارٕ

سُپھےٚ کم ظرف کھوٚت یوٚد مِنبرس پیٹھ

گرٕ ہن نا ژٕیرٕ ڈوٗنین بادمَن گارٕ

بہٕ ظاہر سیوٚد، مگر دٕچھ رانٛٹھ ہیوٚ ہوٚل

کٔتھ : باٛزی گرا : لاگان کیاہ کوٚل

مےٚ کوٚر تمُ اعتبارُک شہر مسمار

کوٚرُن کیاہ میون لبَ داماہ تمی چھوٚل

حکیم منظوٗر نہٕ شاعری منٛز چھُ علامَتی اَنداز کھوتہٕ اِستعرأتی اَنداز زیادٕ نوٚن تہٕ ٹاکارٕ۔ حکیم منظوٗرچھُ لفظ محسوٗس کٔرِتھ استعمال کَران۔ لَفظَن منٛز گُپتھ معنی چھِ مختلف ژھایہٕ چھےٚ حکیم منظوٗرس بہتر پأٹھی گاشراونہِ لگان۔ یہِ چھُ تیٚلی ممکِن یێلِہ لفظ محض بطورِ لفظ اِستعمال گژھنہٕ بلکہِ بَنہٕ شعرَکس ماحولَس منٛز اَکھ پٔرٛ بزلوٗن استعارٕ۔ حکیم منظوٗرچھُ کراوِتی (Verbs) پننین شعرَن منٛز کارگرٕ ہَتھیارَن ہنٛدی پأٹھی استعمال گَران۔ تمہِ ساعتہٕ چھُ یِہُندفن گُمالَس واتان یێمہِ ساعتہٕ یم کراوِتی بطورِردیف وَرتاوان چھِ۔ "ئُج"، یا "لگی" یا "ون" چھِ کأشرِ زبأنی ہنٛدی کینٛہہ تِتھی کرٛاوِتی یمن منٛز نہٕ تژھ کانٛہہ کٔشِش اَسہِ نظرِ چھےٚ گژھان یوٚسہٕ سون توجہ پانَس کُن پھرِ۔ یِمے کینٛہہ کرٛاوِتی یێلِہ حکیم منظوٗرٓ بطورِردیف چھِ وَرتاوان سوٗرٕ شعر چھُ اَکھ پُرقوت استعار بنان۔ یِمے کرٛاوِتی چھِ شعرَس تِتھٕ کٔنی تھوٚد تُلان یِتھٕ کٔنی ژوٗرِم مِصرعہٕ رُباعی تھوٚد چھُ تُلان۔

(رفیق آزاد)

تَس کیا چھُ تَس حوٚیلی پٔنٛزی شیشہٕ خانہٕ ہش　　تَس کیا چھُ ئُج تہٕ واوِ گلشن میأنی پأرئُج

یا قد رژھوٚ ٹیوٚ ویاتہٕ زمینے سَنان گوٚو　　یَتھ جایہِ ڈیڈی شوٗبہِ ہے تَتھ جایہِ دأرئُج

☆☆

منظوٗر صأبنٛی شاعری پٔرِتھ کوٚرمے محسوٗس زِ اَکثر شعرَن منٛز چھِ لفظ عموٗمی سطح پێٹھ تھوٚدٕ تِتھ آفأقی جُہتھ اختیار گران۔ کیٛژن جایَن باسیوٚومےٚ یہِ تہٕ زِ لفظ چھِ علامژ ہُند رَنگ رَٹان تِکیازِ گُلہم پأٹھی چھُنہٕ شعر پٔرِتھ پَرن وول کُنہِ شبقہٕ معنیَس پێٹھ وأتِتھ ہێکان تِکیازِ لفظ چھِ دِہ بدلأوی بدلأوی مختلف عالمن کُن اِشارٕ گران۔

(مجرُوح رشید)

☆☆

حکیم منظوٗرٕنی شاعری چھِ دأیرِ بندتہٕ نمأیشی گتھو بالاترأ ۔کس حساس تہٕ آگاہ موکلس شاعرِ سنٛز سوودنٛدِ باوَتھ یوٚسہٕ مختلف شعر مِزازَن کماحقہٗ طور جمأیأتی تہٕ ذہنی حظ تہٕ حلاوت بخشتھ ہێکہِ اَمہِ کھوتہٕ ہێکہِ کُنہِ تہٕ فنکار سُنٛد مُدعا تہٕ اَماأسِتھ۔